{نوٹس :- کوئی صاحب بغیر اجازتِ مصنف اسکو طبع کرنے کا قصد نہ فرمالے - لہذا اطلاع رہے -}

نُورًا علیٰ نُورٍ یھدی اللّٰہُ لنورہٖ من یشاء

68

# کاشُر تفسیر

یعنی کلام اللہ فرقان مجید کے آخری سیپارے کا کشمیری زبان میں سلیس او صاف ترجمہ تفسیری

تصنیف


حافظ مولینا مولوی محمّد نورالدّین قاری کاشمیری
معلّمِ گورنمنٹ ہائی سکول سرینگر


مصنّفِ کاشُر بارہ باگے - کاشُر مسلہ کتاب - کاشُر بانت سُعاد - کاشُر بُردہ مرقاۃُ الادب - المنطق - قاعدۂ نورانی - جامع الدعوات - اسلامی دُعا مرآۃ الحقایق - ضروریاتِ دین - قواعدُ الصّرف والنّحو وغیرہ -


مطبوعۂ رفیق عام پریس لاہور میں باہتمام میاں محمد صدیق پرنٹر

(تعدادِ طبع ایک ہزار جلد)

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

اَلْحَمْدُ لِلّٰہِ الَّذِیْ اَنْزَلَ الْقُرْاٰنَ عَلٰی عَبْدِہٖ لِیَکُوْنَ لِلْعٰلَمِیْنَ نَذِیْرًا اَرْسَلَہٗ دَاعِیًا اِلَی الْحَقِّ بِاِذْنِہٖ وَسِرَاجًا مُّنِیْرًا صَلَّی اللّٰہُ عَلَیْہِ وَعَلٰی اٰلِہٖ وَاَصْحَابِہٖ وَخُلَفَآئِہٖ وَسَلَّمَ تَسْلِیْمًا کَثِیْرًا کَثِیْرًا - اَمَّا بَعْدُ

قرآن مجید چھو لاریب کلام خدا۔ عربی زبانِ منز چھو سوی بر حضرت آن حضرت صلی اللہ علیہ و آلہ وسلم نازل سپنمُت۔ تمام جہانکیُن مسلمانن ہندہ خیطرہ چھو سوی قانون شریعت تہ بیہ دستور العمل۔ فَمَنِ اعْتَصَمَ بِہٖ فَقَدْ نَجٰی۔ ہزارہا قسمہ آے اتھ قرآن مجیدس مختلف زبانن اندر ترجمہ تہ تفسیر لکھنہ۔ تاکہ تیھو بہ ژٹ ملکک ک ئہ بن معانی و مطالبن پٹھ واقف و آگاہ سپدن۔ تکیازہ آنحضرت صلی اللہ علیہ و آلہ وسلم چھہ خاتم النبیین یعنی آخری تہ ہتم بنی۔ بتن پتہ ونُن تا دورِ قیامت کانہ تتھو پریون یا نوٗ بنی یئنہ۔ یُس قرآن مجیدس منسوخ کرہ تہ پنُن نوٗ شریعت انہ۔ تہ چھو یقیناً ناممکن۔ توے کن چھہ تمام جہانکین لوکن پی قرآن مجیدچ واقفیت تہ زان کرن فرض تہ لازم۔ تکیازہ سارنی ہندہ خیطرہ چھو تا دورِ قیامت بس یہوی کنوی دستور العمل۔ لہٰذا چھو تمام لوکن ہنزن زبانن اندر تمکو ترجمہ سپدُن نہایت ضروری۔ تاکہ ہیتھو بتن بوزن تگہ۔

مدتک آسوم شوق زہ۔ کاشرس منز۔ تہ ترجمہ کلام اللہ لکھنک۔ مگر ہمت آسمنہ پوان۔ تکیازہ ترجمۂ کلام اللہ لکھن کینھہ معمولی تہ آسان کتھا چھنہ۔ بلکہ چھو یہ نہایت مشکل امر۔ خصوصاً مہ ہیوس کم علم تہ کم پایہ شخص کتو۔ مگر یہ چھو محض فضل خدا۔ زہ تم دِژ مہ ہیوس نالایق شخص خدمتِ قرآن کرنچ ہمت و توفیق۔ فَاِنَّ الْفَضْلَ بِیَدِ اللّٰہِ یُؤْتِیْہِ مَنْ یَّشَآءُ۔ الغرض بموجب اصرار احباب آو گڈنی عم سپارہ ہند ترجمہ مکمّل تہ پور کرنہ۔ سوی عام فہم سلیس تہ صاف کاشرس منز۔ بالخصوص ضروریات زمانہ مدنظر تھاوت۔ بتو تا مت پلم۔ تت تامت لکھس بحسب وسعت و طاقت خود نہایت محنت تہ جانفشانی سان رتو تہ جان مطلب خیز ترجمہ۔ سوی معتبر تہ مستند تفسیر بر ونٹھہ کنہ رٹت۔ بعد مدت مدید واتو یہ مسیا نو نخل باغ مراد ''باتمام۔ سنہ ۱۹۲۸ء فالحمد للہ علی اتمامہ۔ تحریر عبارتس منز تھاوُمس کاشروی تلفظ۔ تاکہ تیھنہ مطلب بوزنس منز کینہ کانہ دقّت پیش یئہ۔ امید کہ فایدہ تلن وال احباب کرن مہ الدین ہت ہر وقت بدعاے حَسَنَۃً الدُّنْیَا وَالْاٰخِرَۃِ یاد و شاد۔ وَهَلْ جَزَآءُ الْاِحْسَانِ اِلَّا الْاِحْسَانُ۔ لیکن سیت چھم مقتدر علمائن ہندس خدمتس بصد عجز التماس زہ۔ ممکن چھو مہ سے کنہ جایہ ترجمہ کرنس منز۔ یا مطلب وننس منز یا بیہ کنہ رنگہ کانہ غلطی گیمژ یا کانہ خطا سپنمت تحقیقات کھژہ کرُن۔ خصوصاً تحقیقات کرت غلطی آسنکس صورتس منز مہ تہ اطلاع دِنو۔ اِنْ اُرِیْدُ اِلَّا الْاِصْلَاحَ مَا اسْتَطَعْتُ۔ وَمَا تَوْفِیْقِیْٓ اِلَّا بِاللّٰہِ۔

یہ ترجمک ناو چھس یو تھاوان ''کاشر تفسیر'' اگر خداوند کریمن توفیق دِتو ساری قرآن مجیدس کرہ یمی طریقہ وارہ وارہ ترجمہ۔ امید قوی چھم زہ۔ عاشقانِ کلام خدا کرن یمکس اشاعتس منز بدل و جان سعی و کوشش بالخصوص پھرن عام مسلمانن گلریز تہ لیلیٰ مجنون وغیرہ قصہ و افسانہ کتابہ پرنہ نشہ یوزکُن۔ فَاِنَّ اللّٰہَ لَا یُضِیْعُ اَجْرَ الْمُحْسِنِیْنَ۔

ے بشکند پشتیکہ خم در طاعت رحمن نشد - کور بہ چشمیکہ لذت گیر از قرآن نشد -

رَبَّنَا تَقَبَّلْ مِنَّا اِنَّکَ اَنْتَ السَّمِیْعُ الْعَلِیْمُ - آمین -

عید الفطر سنہ ۱۳۴۵ھ
از نور منزل - سرینگر کشمیر

محمد نور الدین قاری
ابن العلامہ صدر الدین المرحوم وازہ پوری

| سورۃ النبأ | بسم اللہ الرحمٰن الرحیم | مکیۃ |
| --- | --- | --- |

بِسْمِ اللّٰہِ خداتعالےٰ سُند ناوُ ہت چھُس شروع کران۔ الرَّحْمٰنِ یُس منگنہ وراے نہ بلامعاوضہ دِوان چھُو یمسُنز رحمت عام چھَہ الرَّحِیْمِ یُس منگت دِوان تہٕ وُنہ جایز محنت و مشقت کرت معاوضہ دِوان چھُو یمسُنز رحمت خاص چھَہ۔

یمہ سورہ شریفک ناوُ چھُو سورۂ نبأ۔ نبأ چھَہ وَنان تتھ خبرِ یمہ سیت کانٛہہ عظیمُ الشان فائدہ حاصل سپدِ۔ اِشارہ چھُو یمہِ تلہ یوم الفصلس کُن تیج ذکر گذشتہ سورس یعنی سورۂ مرسلاتس منز در الفاظ ھٰذَا یَوْمُ الْفَصْلِ بیان سپنمُت چھَہ پس چھُو گویا یہ سورہ نبأ تتمہ سورہ یعنی سورۂ مرسلاتُک بقیّہ مضمون۔ فرمادان چھُو حضرت اللہ جلّ شانہٗ عَمَّ کتھ سنا متعلق چھِہ یتیاہ تو یم اکس سوالات واعتراضات کران یم اہل مکہ عَنِ النَّبَاِ الْعَظِیْمِ کیا نباءِ عظیمس متعلق؟ نباءِ عظیم تلہ چھُو مراد قرآن مجید تہٕ۔ امر نبوّت تہٕ۔ بیہ بعث بعد الموت تہٕ۔ ترشوے چیز تکیازہ کفارن آسو یمین ترشون چیزن متعلق اختلاف الَّذِیْ هُمْ فِیْهِ یمکِس حقس منز تم چھِہ مُخْتَلِفُوْنَ اختلاف کران۔ یعنی اکھ چھُو اکھ کتھ وَنان۔ بیاکھ بیاکھ کتھ بیاکھ بیاکھ کتھ۔ مگر اختلاف کرنہ تلہ چھُو یتہِ مراد زِ آنحضرتن صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمن سیت اختلاف تھاوُن۔ یعنی تہنز مخالفت کرن کَلَّا ہرگز ہرگز تم اتھ شور و غوغا تلنس۔ نہ اختلاف و مخالفت کرنس منز زاہ کامیاب سپدن نہ سَیَعْلَمُوْنَ تہٕ تکنک پانے بروٹھ یہن بوزن۔ ثُمَّ بیہ چھُو یوان بتکرار وَنُنہ کَلَّا ہرگز ہرگز تم اتھمنز کامیاب سپدن نہ سَیَعْلَمُوْنَ پانے ترتک بروٹھ یہن فکرِہ۔ پانے پیدتک بروٹھ یہن سارِوی معلوم یہ سارِوی یہند شرارت و فساد مٹہ حق سپدہ غالب تہٕ ظاہر۔ وُنہ چھُو اللہ تعالےٰ پرتھ چیز کِہ پیدہ کرنُک مقصد بیان فرماوان غرض چھُو تمہ تلہ یہ امر ثابت دِنو کرت زِہ۔ وُ چھُو کانٛہہ چیز ما چھُو یہ بے مطلب پیدہ کرمُت۔ بلکہ یُس چیزہ پیدہ کرُم۔ سو کرُم بس تہندی فائدہ خیطرہ پیدہ چنانچہ فرماوان چھُو اَلَمْ نَجْعَلِ کیا تسہ بناوُ نا الْاَرْضَ یہ متحرک خاکی گول ستارہ یعنی زمین۔ مِهٰدًا فرش تہٕ بتھ جاے وَالْجِبَالَ بیہ کوہ۔ یم اتھ متحرک زمینس پیٹھ چھِہ اَوْتَادًا میخن ہند پاٹھ محکم تہٕ مضبوط یمن ہندِہ ذریعہ تمہ زمینکہ تزلزل و اضطربُک خاتمہ سپُن وَخَلَقْنٰکُمْ بیہ کریُو نا تسہ پیدہ تہہ اَزْوَاجًا جورہ جورہ یعنی زن و مرد سنہ نر و مادہ وَجَعَلْنَا بیہ بناوُ نا تسہ نَوْمَکُمْ تہنز نیندر تہندِہ

خیطرِ سُباتاً آرامُک تہٕ راحتُک موجب۔ یسہٕ تہٕنٛد ساری تکالیف تہٕ دور چھِ کران وَجَعَلْنَا الَّيْلَ بیہٕ بناوُ نالُہٕ رات لِبَاساً لباس تہٕ پردہ مخلوقہٕ کہِ خیطرہٕ یِچھ گھٹہٕ تہٕ تاریکی بیت سارنی چیزن پردہ چھو سپدان وَجَعَلْنَا النَّهَارَ بیہٕ بناوُ نالُہٕ دُوہ مَعَاشاً زندگی بسر کرنہٕ خیطرہٕ معیشت تہٕ گذارہ پیدہ کرنُک تہٕنٛد سبب تہٕ ذریعہ وَبَنَيْنَا بیہٕ بناوُ نالُہٕ فَوْقَكُمْ توٛہہٕ پٮ۪ٹھ کَن سَبْعاً شِدَاداً سٮ۪تھ مضبوط آسمان۔ یِم گیٖ نظامِ شمسیک ست سیّارہ وَجَعَلْنَا سِرَاجاً بیہٕ بناوُ نالُہٕ ژونگ یعنی آفتاب وَهَّاجاً خوب روشنی تہٕ گرمی دِوان۔ یمہٕ گرمی ہندِ ذریعہ سمندرن بیہ دریاوَن تہٕ کولن ہنٛد آب بخاراتن ہنٛدٮ۪ن صورتن منٛز منتقل سپدان چھو۔ وَأَنْزَلْنَا بیہٕ چھنائُس تراوان مِنَ الْمُعْصِرَاتِ ابرَو منٛزہ (یِم بخاراتو پٮ۪ٹھ بنامت آسان چھہ) مَاءً بارش۔ رُود ثَجَّاجاً شرابُو شرابُو لِنُخْرِجَ بِهٖ تاکہ بٮ۪چھوٗشُن کڈوٗ تہٕ کھالوٗ یمہٕ رُودہ سیٖت حَبّاً دانہ تہٕ بیٖل وَنَبَاتاً بیہٕ گُلِ تہٕ کُٹھ وَجَنَّاتٍ بیہٕ قسم بہٕ قسم باغ أَلْفَافاً مختلف قسمہٕ کیٚو میوہ دارکِیٚو سیٖت بھرِ بھرِ۔ اِنَّ یقین تھاوِیو پس یہ زہ یَوْمَ الْفَصْلِ روزِ فیصلہ۔ یعنی یمہٕ دوہ حق و باطل ظاہر تہٕ آشکارا سپدہ كَانَ مِيقَاتاً سو چھو مقرر کرنہٕ آمُت۔ زِہ سو کرسپدہ۔ تتھ منٛز کانٛہہ شک و شبہ ہرگز ہرگز چھُنہٕ۔ تکیازِ ہ شن ہتن ورٛین ہنزِہ گرمی نِی زمینی بخارات تلن۔ تمن بنیاوُ ابرِ رحمت۔ یُس حضرت محمد عربی صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم سندِس صورتس منٛز بہت برخلقِ خدا نازل سپُن۔ یمہٕ سیٖت مردہ قومن ہنٛدٮ۪ن دلن منٛز سرسبزی تہٕ شادابی سپدِت باغات بنیاہی۔ یمن باغن ہنٛدیٚو میوہ جاتو سیٖت بندگان خدا پنٕن بوچھ کاسان تہٕ سیرشکمی حاصل کران چھہ يَوْمَ يُنْفَخُ یمہٕ دوہ پھونک بیہٕ دِنہٕ فِي الصُّورِ ترمس منٛز۔ یعنی بندگانِ خدا ین ہندس دِلس منٛز بیہٕ حق کت تراوُنہٕ فَتَأْتُونَ ادہ یِیوٗ توٛہہٕ پانے حقس کُن أَفْوَاجاً فوجو فوجو۔ مطلب کہ توٛہہٕ کریٚو پنٕن فطرت پانے مجبور حقس کُن یِنہٕ خیطرہ۔ بہٕ مخالفت تہٕنز سپدِ ساری ناکام وَفُتِحَتِ السَّمَاءُ بیہٕ ین تمہٕ سات آسمان تہٕ مُژراوُنہٕ فکانت أَبْوَاباً آسی سپدن دروازٕ دروازہ۔ مطلب کہ آسمانی علومن منٛز حقیقت یُس آشکارا کرنہٕ۔ مختلف تہٕ رنگارنگ علوم سپدن دردنیا ظاہر۔ آسمانی حقیقتن ہنٛد انکشاف سپدہ تہٕ جہالت ژلہِ وَسُيِّرَتِ بیہٕ ین اُڑاوُنہٕ تہٕ فنا کرنہٕ الْجِبَالُ یِم کوہ۔ بیہٕ یِم مخالفینِ حق۔ یِم یِس ٹھہر سپدان چھہ فَكَانَتْ سَرَاباً تمے گھرژھن سکہ ہنٛد پاٹھہٕ ریزہ ریزہ۔ دِین تہٕ فنا

سپدن - زمین سپدہ ہموار - خلق اللہ سپدن جایہ جایہ آباد - خۄ پھیلہٕ وپارن جَہَنَّمَ کَانَتْ
بے شک چھو جہنم مِرْصَادًا انتظارس منز (در دنیا و در آخرت) لِلطَّاغِينَ سرکشن
ہندہ خیطرہ چھوسوی مَاٰبًا جایہ واپسی لٰبِثِينَ فِيهَا نے چھہ تت جہنمس منز روزہ وِن
اَحْقَابًا ویٕرہہ بدِٕن لَا يَذُوْقُوْنَ فِيهَا تم سرکش ژِہن نہ لبن نہ تت جہنمس منز بَرْدًا
کانہہ سرد چیز - کانہہ آرام و راحت زندگی (برد ک معنی چھو نِندر تہٕ) وَلَا شَرَابًا بیہ لبن
نہٕ چنس لایق ترٛیش اِلَّا حَمِيْمًا اَلّا صرف رسرہ وانُو وَغَسَّاقًا بیہ سخت نہ شدید
آبِ سرد جَزَآءً بدلس منز وِّفَاقًا موافق اعمال - عملو مطابق - تِتھو وک - تِتھو لونک -
یہ چھک تِمنٕن عملن ہُند نتیجہ نہ ثمرہ اِنَّهُمْ كَانُوْا یم لوک آسِن لَا يَرْجُوْنَ حِسَابًا -
عملَن ہندس حسابس متعلق ناامیدی ہُند خیال ظاہر کران - یعنی مانان آسنہ تت - وَ
كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا بیہ آسِن سانِٕن آیاتن تِم تکذیب کران كِذَّابًا خوب اَپُز گنزران - وَكُلَّ
شَیْءٍ بیہ چھو پرٛیتھ کانہہ چیزہ تہند از نیکی و بدی اَحْصَيْنٰهُ سہ سو ساروی محفوظ
کرِتھ تھاوُمُت كِتٰبًا اعمالنامن منز تہندین - مَثِلِ کینہہ گوٗمُت چھنہ - فَذُوْقُوْا
پس ژِہیو تِمنٕن عملن ہُند مزہ فَلَنْ نَّزِيْدَكُمْ کُنٕس تِمنہ طرفہ کُنہٕ قسم کانہہ زیادتی تہٕ کراوٗنہ
اِلَّا عَذَابًا مگر عذابس منز - مطلب کہ عذابس منز لیہ زیادتی سپدان آسُو - سہ
آسُو تہندِ بدعملو موجب سپدان - یہ ہُنہٕ خو نہ ہنہ زیادتی ہندس صوتس منز
تُہُ لبنہ آسُو یوان اِنَّ لِلْمُتَّقِيْنَ بیشک چھہ متقین ہندہ خیطرہ - یعنی یم تکذیب
کرنہ نہ اَپُز گنزرنہ نشریت رُودِ - خوفِ خدایس یم درہر امر کھوژِ مَفَازًا کامیابی
کامیابی یعنی حَدَآئِقَ میوہ باغ چھک وَاَعْنَابًا دچھہ باغ چھک - وَّكَوَاعِبَ
بیہ نوجوان اَتْرَابًا تِمے ہمعمرہ نہ منکسر المزاج وَّكَاْسًا بیہ شراب معرفتک پیالہ دِهَاقًا
تِمے لبالب تہ بھرِ بھرِ لَا يَسْمَعُوْنَ تِم متقی بوزن نہ فِيْهَا تمن جنتکس باغن منز -
لَغْوًا کُنہ قسمک کانہہ فضول نہ بیہودہ کلامہ وَّلَا كِذّٰبًا نہ کانہہ اَپُز جَزَآءً
یہ چھک رٛژہ عملہ کرنس مزور مِّنْ رَّبِّكَ چانِس پروردگارہ سندہ طرفہ عَطَآءً
بخشش چھک حِسَابًا سے بَنِنہ حسابہ موجب رَّبِّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ تمسی
پروردگارہ سندہ طرفہ یُس آسمانن تہ زمینن ہُند تہ مُربی چھو وَمَا بیہ تمن تمام
چیزن ہندتہ بَيْنَهُمَا یم بین آسمانن تہ زمینن منز چھہ الرَّحْمٰنِ یُس پروردگار

بے انتہا رحم کرہ وُن چھو پننس مخلوقس لَا یَمْلِکُوْنَ کینسہ اکس تہ چھُنہ طاقت مخلوقو
منزہ مِنْہُ تس پروردگارس سیت خِطَابًا کلام کرنک یَوْمَ یعنی تمہ دوھہ - یمہ
دوھہ یَقُوْمُ ابستادہ سپدہ الرُّوْحُ یعنی روح مومنین - ایماندارن ہندروح
وَالْمَلٰٓئِکَۃُ بیہ ملائک - صَفًّا قطارس منز یعنی اکہ وٹہ لَا یَتَکَلَّمُوْنَ کانھہ ہکنہ
کلام کرتھ اِلَّا مَنْ مگر سُوی اَذِنَ لَہُ الرَّحْمٰنُ یس پانہ حضرت رحمان اجازت
دِیہ وَقَالَ بیہ یَس منز سوچھ تہ لبہ صَوَابًا خوبی نہ قابلیت (قالس چھ واریاہ
معنی - اہل علمن چھو تہ معلوم تو ے کن آو بینت قالس بدل معنی کرنہ) ذٰلِکَ الْیَوْمُ
بہوے کیا گو سو دوھہ یُس اَلْحَقُّ یقیناً تہ بڑ باٹھہ واقع سپدہ وُن چھو فَمَنْ شَآءَ
پس وُن یس منشا آسہ اتَّخَذَ سو بناوِہ اِلٰی رَبِّہٖ پننس پروردگاس نش مَاٰبًا
جای واپسی تہ روزن جای - یعنی اعمال صالحہ کرتھ کرہ قرب خدا حاصل اِنَّا اَنْذَرْنٰکُمْ
اَسہ تہ کھوژناوِو تہہ عَذَابًا قَرِیْبًا قریب تہ نزدیک یوہ وُنہ عذابہ نشہ - سوکینھہ
دُور چھُو نہ جلد ییو حسس - اعمال صالحن کن سپدیو متوجہ - ورنہ سوچھو تھوی دُوھہ یَوْمَ
یمہ دوھہ یَنْظُرُ الْمَرْءُ وُچھہ انسان مَا قَدَّمَتْ تہ - یہ برونہہ واتناوت تھاوُمت آسہ
یَدٰہُ تمسندیو اتھو - تِی وُچھت گھرہ پشیمان تہ ذلیل - وَیَقُوْلُ الْکَافِرُ بیہ وَنہ یہ
کافر تہ نافرمان یٰلَیْتَنِیْ کُنْتُ اے کاشکے - بو آسہا تُرَابًا مشرٹی یعنی بے جان چیز تکلیفی وانہ
ہمنہ کانھہ محسوسی کرہ ہنہ کینھہ -

| | | |
|---|---|---|
| سُوْرَۃُ النّٰزِعٰتِ | بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | مَکِّیَّۃٌ |

یت سورہ شریفس منز چھو اللہ تعالے ژورن چیزن ہُند قسم کھاوت مقصد بیان فرماوان - چونکہ
قسم کھاونک اصلی غرض چھو شہادت پیش کرن - لہذا یہ ساعتہ سو قسم خداوندکریمس کن منسوب
سپدہ - تمہ ساعتہ چھو مطلب بہ آسان زہ - خداوندکریم چھُو تت چیزس بطور شہادت پیش
کران - بیہ چونکہ شہادتو سیت کانھہ بیان مویدتہ مضبوط گرُن معیوب کینھہ چھُنہ - بلکہ چھُو
ضروری - لہذا چھُنہ اللہ تعالے سُند تہ بنہ مخلوقک قسم کھاوُن معیوب - بلکہ چھو سو تہ ضروری
فرماوان چھو وَالنّٰزِعٰتِ غَرْقًا - قسم تمن ہُند - یعنی بطور شہادت چھو تم لوک پیش کران
یم در امور دین ودنیا چھہ غور و تدبرس منز - پورسنہ ون تہ کوشش کرہ ون - یا یم نفسانی
خواہشن چھا ازدل خوب دور کرہ ون وَالنّٰشِطٰتِ نَشْطًا - بیہ تم - یم محنتن تہ مشقتن

ہندہ درجہ ہیرت ذوق وشوقہ کِس حالس واتِ۔ یا یم بعالمِ قدس بخوشی وخورمی سیر کرہ ون
چھ وَالسّٰابِحَاتِ سَبْحًا بیہ تِم۔ یم در امور دین ودنیا ماہر تہ روان چھ۔ یا یم ترقی ہندین
مرتبن منز خوب ژہانٹہ مارہ وُن چھ فَالسّٰبِقٰتِ سَبْقًا بیہ یم کمالاتن کُن سبقت تہ جلدی
کرہ وُن چھ فَالْمُدَبِّرٰتِ اَمْرًا ایم پانہ کامل سپدت پتو بیَن تہ کامل بناوٗنک اہل آسہ وُن
چھ۔ یم پانژ آیۂ شریف چھ بیہ امرک اظہار کران زہ۔ دینی امور آستن۔ یا دنیوی۔ آخری
انتہای کمالس تام واتنہ خیطرہ چھ یم کُل پانژ مرحلہ تہ منزل ضرور طے کرن پیوان۔ اول
رُکاوٹ کرہ ون چیزہ وُرکرت انسان سُند بینہ کامہ منز خوب محو سپدن۔ دوم پورہ نشاط
تہ خوشی سان سُہ کوم بجا انُن سوم تت کامہ منز تتھ کنہ مشق کرن۔ یتھ کنہ کانہ ژہانٹ وٗاین
دالو آبن منز بلا رکاوٹ بخوبی ژہانٹہ ماران چھو۔ چہارم ہم عمرن تہ ہم پیشن منز سبقت حاصل
کرنچ کوشش کرن۔ پنجم پننہ کامہ منز تتھو کمال حاصل کُرن زہ۔ پانہ تمکو مدبر وموجد
سپدن۔ یا مصلح ملک سپدن۔ یمو آیو تلہ چھ ملائکن ہنزہ خدمات نہ مراد۔ گویا چھ یمن
آیاتن منز انسانن ملائکن سیت ہمرنگ وہم سبق بننچ تعلیم دِنہ آمژ۔ بیت چھ یم مسئلۂ جزا وسزا
تہ ثابت کران۔ زہ نتایجِ اعمال چھ برحق۔ کوشش ہُند ثمرہ چھو ضرور میلہ وُن۔ قسم ہاوت
چھو اللہ تعالےٰ فرماوان۔ گویا چھو یمن آیاتن جزا وسزا کہ خیطرہ گواہ ٹھہراوان تمہ یوہ وبہ
دوہ یعنی روزِ قیامتک اشراط عظام تہ مبادی ومقدمات چھو یتھ کن بیان فرماوان۔
یَوْمَ تَرْجُفُ الرَّاجِفَةُ یمہ دوہ لرزہ ون لرزہ تَتْبَعُهَا الرَّادِفَةُ تمہ پتے ییہ پتہ
یوہ ون نہ۔ یعنی خوب زلزلہ ین تمے پے در پے۔ تہ یکے بعد دیگرے۔ انقلاب عظیم سپدہ
قُلُوْبٌ کینہہ دل آسن یَوْمَئِذٍ تمہ دوہ وَاجِفَةٌ درحالت اضطراب وپریشانی
اَبْصَارُهَا خَاشِعَةٌ چشمہ آسنک تکن یَقُوْلُوْنَ ونن آسن ءَاِنَّا لَمَرْدُوْدُوْنَ
کیا اَسی یمو بیہ واپس سوزنہ فِی الْحَافِرَةِ برونٹھمِس پننسی حالس پیٹھ۔ بیہ گژھہ وہ
زندہ ءَاِذَا كُنَّا کیا تِلیا۔ بلہ اَسی آسو سپنمت عِظَامًا نَّخِرَةً اڈجہ پوسیدہ ژھرہ
قَالُوْا ونن۔ تِلْكَ اِذًا تِلہ چھو ادہ بیہ كَرَّةٌ دوبارہ یُنہ خَاسِرَةٌ نقصان روزہ۔
یعنی تِلہ چھو بیہ دوبارہ زندہ سپدن اَسہ کتو مضر تہ ناکارہ تکیازہ اَسہ تورکنو از دنیا سیت
کینہہ انونہ فَاِنَّمَا هِيَ نافرمانو۔ دُنہ کتو واتو۔ بیہ چھو وُنہ زَجْرَةٌ وَّاحِدَةٌ اکھ زجرہ
تہ اکھ دہمکیہ۔ تِتھو تِہہ جلد پانس ییو۔ فَاِذَا هُمْ بلکہ چھو تمن اخبرس بِالسَّاهِرَةِ

میدان محشرس منز جمع سپدت پننین علمن ہند ثمرہ تہ پھل تلن ۔ چونکہ آن حضرت صلی اللہ علیہ وسلم چھ مثیل موسی علیہ السلام تیتھ واقعات جناب موسی علیہ السلامس عموماً پیش آمت چھ تتھی کچھ آن حضرت صلی اللہ علیہ وسلمن تہ آمت ۔ توے کن چھو متن مثیل موسی ونہ آمت مذکورہ بالا آیاتن اندر مخالفین اسلامن ہند انجام فرماوت چھو وُنی حضرت موسیٰؑ سندہ مخالف قومک واقعہ فرماوان ۔ زہ هَلْ اَتٰكَ کیا تہتہ لش چھا واژمژ حَدِیْثُ مُوْسٰی حضرت موسیٰؑ سندہ یمہ واقیچ خبر ۔ زہ اِذْ نَادٰىهُ رَبُّهٗ یلہ تمس پنن پروردگارن نادِ دتو بِالْوَادِ الْمُقَدَّسِ طُوًى نامی مقدس طوی میدانس منز تہ دپونس اِذْهَبْ اِلٰی فِرْعَوْنَ فرعونس نش گژھ ۔ تس کر تبلیغ اِنَّهٗ طَغٰی سو چھو سرکش سپدمت ۔ حدہ گومت نیرت ۔ خدائی ہند دعوای چھو دوان ۔ فَقُلْ گژھت وُنس نرمی تہ ملائمی سان هَلْ لَّكَ کیا ژۓ چھیہ شوق اِلٰی اَنْ یمہ کتھ ہندُ زہ تَزَكّٰی شکوک گژھہم ژلن تہ تزکیہ نفس گژھہم سپدُن وَاَهْدِيَكَ تتھوی کیا سمجھاوہ ہت بوژہ ۔ یمہ ہاوہ ہے وتھ ژۓ اِلٰی رَبِّكَ تس خدایس کن ۔ یُس درحقیقت چانو پرورش کرہ وُن چھو فَتَخْشٰی کھوژہ مگ تسند عظمت وکبریائی وُچھت ۔ خدائی ہند دعوای دنہ لگہ روزہ یکہ پت ۔ فَاَرٰىهُ تو پتہ ہاوُنس جناب موسی علیہ السلامن خداوندکریم سندس آسنس پٹھ پنہ طرفہ الْاٰيَةَ الْكُبْرٰی معجزۂ عصا ۔ ثابت دتونس کرِت زہ ۔ وُچھہم کمالات تہ چھہ مہ تمی تمت ۔ میانِ یم کینہہ ذاتی کمالات چھنہ فَكَذَّبَ لیکن تم شقی الازلن کینہہ مانُنہ وَعَصٰی بلکہ تیز بیوُ زیادہ ۔ برخلاف سپدس ثُمَّ اَدْبَرَ تو پتہ پھرن تھرتہ دراوُ ازجناب موسیٰؑ یَسْعٰی کوشش کران تہ ژلان فَحَشَرَ وزیرو امیر یمہ پنن ساری علماء کرن جمع مجلس کرن منعقد فَنَادٰی تقریراہ کرنک تہ فَقَالَ ونونک اَنَا رَبُّكُمُ الْاَعْلٰی تہندا اعلےٰ مربی چھس بوُی ۔ دویم کانہہ چھو نہ ۔ تیتھنہ موسی سُند کینہہ ماننو ۔ الغرض فرعونن کرُ جناب موسی علیہ السلامس برخلاف بغاوت پیدہ فَاَخَذَهُ اللّٰهُ مگر پتو کرہو خداوندہ کریمن گرفتار نَكَالَ عبرتناک عذابس منز الْاٰخِرَةِ وَالْاُوْلٰی ینکس تہ تنکس تہ ۔ گوس خَسِرَ الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةِ ۔ اِنَّ فِیْ ذٰلِكَ یقیناً چھہ اتھ واقعس منز لَعِبْرَةً عظیم الشان عبرت تہ نصیحت لِّمَنْ يَّخْشٰی خوف خدا تھاون وال سندہ خیطرہ ۔ غرض یتھے کن کیا کسپدہ یمن تہندین مخالفن تہ منکرن ہند تہ بدانجام یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ والہٖ وسلم

مخالفتس اندر یم زاہ کامیاب ہیدن نہ ۔ وُنِ چھو اللہ تعالیٰ منکرن مخاطب کرِت فرماوان
تہ پرژھان ءَاَنۡتُمۡ کیا تُہی چھِوہ اَشَدُّ خَلۡقًا زیادہ سخت پیدائشہ منز اَمِ
السَّمَآءُ یا کہ آسمان بَنٰهَا یُس آسمان تم خدایَن بناومُت چھُو رَفَعَ یم تھزر چھِ تھاوُمژ سَمۡكَهَا
تِمچ بلندی فَسَوّٰهَا سۓ چھِن ٹھیک تہ برابر بناوُمژ۔ یتھس قدرت والس خدایس نِشہ
کیا چھو تُہہ مرِت دوبارہ بیہ زندہ کرُن مشکل نہ دُور۔ علاوہ ازین چھِن وَاَغۡطَشَ
بیہ سیاہی تہ اَنہِ گھٹہ ڈرمژ لَیۡلَهَا تِچہِ راژ وَاَخۡرَجَ بیہ چھِن کڈمژ ضُحٰهَا
تِمچ روشنی ۔ شب و روزچ اضافت چھہ بدین وجہ آسمانس کُن ییتنت آمژ دِنہ زِہ ۔
رات پیدہ گژھنک سبب چھو آفتابُک لوسُن ۔ دُوھ پیدہ گژھنک سبب چھو آفتابُک
کھسُن ۔ آفتابس چھو بوجہ حرکتِ فلکی طلوع و غروب حاصل ۔ چنانچہ تو ۓ کن چھہ ییِن
دُوشوِن ہنز اضافت آسمانس کن سپنمژ { یہ چھو علمی نکتہ ۔ یہ نکتہ طالب علمنی بوزُن } وَ
الۡاَرۡضَ بَعۡدَ ذٰلِكَ ثُمہ پتہ چھِن زمین دَحٰهَا وھرِت تراوُمژ اَخۡرَجَ مِنۡهَا تِمی منزہ چھِن
کڈمُت مَآءَهَا تمِکو آب وَمَرۡعٰهَا بیہ تِمچ سبزی وغیرہ تہ وَالۡجِبَالَ بیہ بناوِن
کوہ تہ اَرۡسٰهَا تِمے خوب مضبوط پاٹھِن مَتَاعًا لَّكُمۡ یم ساری چیز بناوِن محض تُہندِ
فائدہ خیطرہ وَلِاَنۡعَامِكُمۡ بیہ تُہندِن چارپائن مویشِن ہندہ گذارہ خیطرہ { علمی تحقیقات
کرِت ییُن ظاہر ییِنَ از معلوم زِہ ۔ زمینہ منزہ دراو گوڈنی آب الگ ۔ آبہ سیت گیہ
سبزی پیدہ ۔ پتہ چھہ آمت کوہ قایم کرنہ ۔ تاکہ ییتھو منزہ آب دِہہ ۔ انسانن تہ
حیوانن ہندہ زندگی تہ معاشک مدار ییِدہ ۔ مگر قرآن شریفن چھو قریبًا ساڑہ تروہ شت
ورہ بروٹھی یہ فرماومت } فَاِذَا جَآءَتِ پس یلہ یِیہ الطَّآمَّةُ الۡكُبۡرٰى بڈ زبردست
مصیبت خطرناک تہ غالب آفت یَوۡمَ یمہ دوہہ یَتَذَكَّرُ الۡاِنۡسَانُ یاد کرِہ انسان
مَا سَعٰى تہ ۔ یہ تم ییکُن کرمُت آسہ وَبُرِّزَتِ الۡجَحِيۡمُ جہنم ییہ ظاہر کرنہ لِمَنۡ يَّرٰى
وُچھن والِ سندِ خیطرہ فَاَمَّا مَنۡ طَغٰى ۔ وُنِ یُس فرعون سند پاٹھ باغی تہ سرکش آسہ
دردنیا ییمُت ۔ دِم فرعونی آسنس دِتمت وَاٰثَرَ بیہ آسُن مقدم تہ بہتر زانمژ
الۡحَيٰوةَ الدُّنۡيَا دنیاوی زندگی ۔ آخرتُک آسُن یہ کانہہ سرانجام کرُمت فَاِنَّ الۡجَحِيۡمَ
پس چھو یقینًا نار جہنم ییمسندہ خیطرہ هِيَ الۡمَاۡوٰى روزن جاہی وَاَمَّا مَنۡ لیکن یُس
بُس خَافَ کھوژمُت آسہ ۔ مَقَامَ رَبِّهٖ مقام الٰہیس ۔ خدایس بروٹھ کنہ حا

دِ نہ خیطرہ پیش پیدنس وَنَهَى النَّفْسَ ۔ بیہ آسن پت رٹمت نفس عَنِ الْهَوٰى نفسانی
خواہشو نش ۔ بلکہ آسُن در ہر امر رضای خدا ڈہوندٹمت فَاِنَّ الْجَنَّةَ هِيَ پس چھو
یقیناً جنت تس شخصہ سندہ خیطرہ الْمَاْوٰى آرامگاہ تہ روزن جای يَسْـَٔلُوْنَكَ
بم چھو تہہ پرژہان یارسول اللہ عَنِ السَّاعَةِ تمہ خاص وقتس یعنی قیامتس متعلق زِہ
اَيَّانَ کر آسِہ مُرْسٰهَا تمکہ قایم پیدہ نگ تہ ظاہر پیدنگ وقت ۔ یعنی سہ قیامت
کر پیدہ فِيْمَ اَنْتَ یکس حقس منز تہہ چھو ہِن مِنْ ذِكْرٰهَا ذکر و بیان کرہ ون ۔
براہین و دلایل پیش کرہ ون تہ وعظ و نصیحت کرہ ون اِلٰى رَبِّكَ مُنْتَهٰهَا تمکو انتہی
چھو تہندِس خدایس نش ۔ یعنی قیامت ظاہر پیدنگ علم چھو خدایسی یاو ۔ سو قیامتک
علم تم کینسہ باوُنہ ۔ اِلّا صرف امارات و علامات اِنَّمَآ اَنْتَ تہہ نہ چھو صرف مُنْذِرُ
بیم کرہ ون نہ کھوژہ ناوہ وُن مَنْ يَّخْشٰىهَا تس یُس تت دوہس کھوژہ وُن آسہ
كَاَنَّهُمْ يَوْمَ يَرَوْنَهَا یمہ دوہہ منکرین اتھ قیامتس دوہس وُچھن ۔ بوزنہ
ییک زِہ ۔ زن لَمْ يَلْبَثُوْٓا ٹھہرے یینہ تِم در دنیا اِلَّا عَشِيَّةً مگر شامچہ گرہ
اَکِس اَوْ ضُحٰهَا یا صُبحچہ گرہ اکس ۔ مراد چھو تمہ تلہ ئی زِہ ۔ قیامتک دوہ
ییک تتھوی عظیم الشان مصیبتک بوزنہ ۔ زہ آرام دنیا گھڑ ہِنک ساروی مشد ۔
دِپَن اَسِہ آؤنہ در دنیا موقعے دِنہ ۔ یت منز ۔ لُٹ غور و فکر کرہ ہو ۔ تہ عملہ کرہ ہو ۔
گویا ییر عمر کڈِت نہ آسِک تونہ تنہ حسرت تہ واویلا ۔ پشیمانی آسِنک دامنگیر ۔

| مَكِّيَّةٌ | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | سُوْرَةُ عَبَسَ |
| --- | --- | --- |

آنحضرت صلی اللہ علیہ و آلہ وسلم آس اکہ دوہہ قریشن ہندن رئیسن سیت در کلام مشغول ۔ تتھ
اندرآو حضرت عبد اللہ بن مکتوم رضہ آن حضرتن کانہہ مسئلہ پرژھنہ ۔ چونکہ نابینا آو سو خبر
کنہہ آسِستہ زِہ ۔ آن حضرت ص کمن سیت چھہ کلام کران ۔ مگر آنحضر تو ص دِتُنہ کانہہ جواب ۔ بلکہ
گرکنہ تمندِس نت مسلس کن کانہہ توجّہی خداوند کرین سوزک وحی عَبَسَ چین برجبین
لدُن ۔ ناپسند کرُن ۔ وَتَوَلّٰٓى بتھو پھرُن ۔ کانہہ توجّہ دِتُن نہ ۔ اوہ سببہ زِہ اَنْ جَآءَهُ
تمس نش آیاو الْاَعْمٰى نابینا یعنی حضرت عبد اللہ بن اُمِّ مکتوم رضی اللہ عنہ دینی مسئلہ
دریافت کرنہ ۔ تمسی وُنِو جواب وَمَا يُدْرِيْكَ تہہ کیا آسو معلوم زِہ لَعَلَّهٗ شاید
سوی نابینا کیا يَزَّكّٰىٓ کرہ پاکیزگی اختیار اَوْ يَذَّكَّرُ یا کرہ نصیحت قبول فَتَنْفَعَهُ

الذِّكْرٰى یہ نصیحت تس نفع تہ فائدہ دِیہہ۔ اَمَّا لیکن مَنِ یُس اسْتَغْنٰی لاپروا
تہ بے رغبت چھوا زحقائق و معارف اسلام فَاَنْتَ لَهٗ ژہ چھکھو تَس کن تَصَدّٰی بے
توجّہ دِوان۔ حالانکہ یمیس کن توجہ شوبہا دِنو۔ تس کُن چھو نہ دوان۔ بلکہ یمیس کن نہ شوبہا
دِنو۔ تس کُن چھو دِوان وَمَا عَلَيْكَ کانھہ الزام چھُنہ تہِ پٹ اَلَّا يَزَّكّٰى اگر نے سُو
پاکیزگی اختیار کرِہ۔ یعنی اگر یم رئیس تہ امیر لوک پانہ پاکیزگی اختیار کرن نہ۔ تمکو الزام
کانھہ تہِ پٹ چھُنہ وَاَمَّا مَنْ لیکن وُنِ یس شخص جَآءَكَ آو تہندس خدمتس یَسْعٰی
بشوق و ذوق دوران تہ دوان وَهُوَ يَخْشٰى سوی چھو خوفِ خدا تہِ تھاوان فَاَنْتَ
عَنْهُ تُس نِش چھو توہ تَلَهّٰى بے رخی کران كَلَّا یہ لگنہ کرُن یہ چھو ناشایانِ شان۔
اِنَّهَا تَذْكِرَةٌ یہ چھو اکھ بڈ نصیحت فَمَنْ شَآءَ وُنِ یمیس یس مرضی آسہ ذَكَرَهٗ
سو سورِٹن وُنِ یمہ تلہ نصیحت۔ اعلیٰ مقامس پٹھ واتہ فِيْ صُحُفٍ صحیفن اندر چھو
سوی وعظ و تذکرہ بیان کرنہ آمُت مُكَرَّمَةٍ یم معزز تہ عظیم الشان چھ مَّرْفُوْعَةٍ یم
عالیقدر تہ عالی مرتبہ چھ مُّطَهَّرَةٍ یم پاک چھ مراد چھو یمہ تلہ قرآن مجید بِاَيْدِيْ
یُس اتھن منز چھو سَفَرَةٍ لکھن والین ہندین كِرَامٍ یم معزز چھ بَرَرَةٍ یم
نیک چھ۔ یم گے صحابۂ کرام رضوان اللہ علیہم اجمعین۔ یمو قرآن مجید بہ دل لکھو۔ نہ
تہ پٹ عمل کرِتھ ہاوُ۔ بلکہ برکتہ یم تا دورِ قیامت مکرم و معزز سپن قُتِلَ ہلاک تہ
تباہ سپدن الْاِنْسَانُ یہ کم عقل تہ نافہم انسان مَآ اَكْفَرَهٗ کوتاہ ناشکر تہ نافرمان
خدا چھو۔ یہ چھنہ یمس تگان بوزُن زِہ۔ مِنْ اَيِّ شَيْءٍ کمہ چیزہ پٹھ چھو خَلَقَهٗ
یم خداوند کریمن سو پیدہ کرُمت۔ تکیا زِہ۔ اگر یمس نہ تگِہ یہ بوزن۔ یُوت نافرمان
خدا سپدہ ہنہ۔ مِنْ نُّطْفَةٍ خَلَقَهٗ اکہ معمولی تہ حقیر ناپاک آبہ قطرہ پٹھ چھُن سو
سو پیدہ کرُمت فَقَدَّرَهٗ تمی دِتُنس قدرت و طاقت تہ ثُمَّ السَّبِيْلَ توہ یتہ
وُچھتہ دین و دنیاکا وُنچ وتھ يَسَّرَهٗ سہ تہ تھاوُنس سہل تہ آسان کرِتھ ثُمَّ اَمَاتَهٗ
پتو چھُس سوی مونتہ دِوان فَاَقْبَرَهٗ سوی چھُس عالمِ برزخچہ قبرہ منز تہ تراوُ
ناوان یس قبر کیا چھ رَوْضَةٌ مِّنْ رِيَاضِ الْجَنَّةِ اَوْ حُفْرَةٌ مِّنْ حُفَرَاتِ
النِّيْرَانِ۔ جنتکیو باغو منزہ اکھ باغ اکھ۔ نتہ جہنمکہ کھڈو منزہ اکھ نارہ کھڈہ اکھ
ثُمَّ اِذَا شَآءَ اَدہ یلہ سو یژھہ اَنْشَرَهٗ یہ تُلیس تہ استادہ کریس كَلَّا پتھس

قدرت والین خدای سنز شو بیا ناشکری نہ نافرمانی کرن لَمَّا یَقْضِ زہی اَوُنہ تم
بجا مَآ اَمَرَهٗ نہ بیکو خداوند کریمن حکم ڈِڑاسُو۔ یعنی نا ہتہ بائن نہ امر خدا۔ بیُن
حضرت آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم ہندہ ذریعہ بتین دنہ آیو فَلْیَنْظُرِ الْاِنْسَانُ
یہ انسان کو نہ چھو دچھان نہ غور کران اِلٰی طَعَامِهٖ پنہنجی خوراکس کئی اَنَّا صَبَبْنَا زہ کیتھ
کن چھڑیُس گو دنی نراوان اَلْمَآءَ بارش نہ رود صَبًّا خوب۔ پنہنجوان شو بیر نہ تڑھ
ثُمَّ تو بیتہ شَقَقْنَا الْاَرْضَ چھڑیُس پھاٹوان زمین شَقًّا تنھ کنہ۔ پنھ کنہ پھاٹون
شو بہ فَاَنْبَتْنَا فِیْهَا ادہ چھڑیُس تنہ زمینہ منزہ زُوُران نہ کھالان حَبًّا بول نہ دانہ
وَّعِنَبًا بیئہ دچھ وَّقَضْبًا بیئہ نرکاری نہ سبزی وَّزَیْتُوْنًا بیئہ زیتون وَ
نَخْلًا بیہ خرز وَّحَدَآئِقَ بیہ باغات غُلْبًا تے گھٹن نہ گدل گل دار وَّفَاکِهَةً
بیہ پھل نہ میوہ وَّاَبًّا بیہ گاسہ مَّتَاعًا لَّکُمْ یم ساری چیز کرم پیدہ صرف اک تہنجہ
فائدہ خیطرہ وَلِاَنْعَامِکُمْ بیہ تہنجن چارپائن ہندہ گذارہ خیطرہ۔ یوت کرت
نہ چھکوڑہ ای نافہم انسانہ خداوند کریم سنز ناشکری نہ نافرمانی کران فَاِذَا جَآءَتِ
الصَّآخَّةُ یاد تھاؤ۔ تڑھ مصیبتہ پیئی وانت۔ یمہ سیت کنن زر پیئی۔ کنہی نکیتہ
بوزن۔ دیک یہ کیاہ بنیوم یَوْمَ یہ گو سوی دوہ۔ یم دوہ یَفِرُّ زیہ الْمَرْءُ
انسان مِنْ اَخِیْهِ پنہنس بایس نشہ وَاُمِّهٖ بیہ پنہنہ ماجہ نشہ وَاَبِیْهِ
بیہ پنہنس مالس نشہ وَصَاحِبَتِهٖ بیہ پنہنہ زنانہ نشہ وَبَنِیْهِ بیہ پنہنو بچو نشہ
زہ ہتے ہتے۔ پہند بدل بابہ رٹنہ۔ یا پہنزہ نا تڑہ مالگہ۔ درحالیکہ پوچھس پانہ پنہنس
غمس منز مبتلا لِکُلِّ امْرِئٍ مِّنْهُمْ پرت اکس آسہ تمو منزہ یَوْمَئِذٍ تمہ دوہ
شَاْنٌ پنن پنن تڑھی فکرہ یُّغْنِیْهِ بیسہ بتن بیس نش گھر تک اختیار نہ حس ہوشی
تھاؤ نہ۔ ساری آسن نفسی نفسی کران وُجُوْهٌ یَّوْمَئِذٍ بعض لوکن ہند چہرہ
آسن تمہ دوہ مُّسْفِرَةٌ تابان نہ روشن نورایمانہ سیت ضَاحِکَةٌ آسہ ون نہ
خوش مُّسْتَبْشِرَةٌ بتن تمام خوشخبرن ہند نتیجہ آسن لبان۔ یہ تم دردنیا
بوزان آسن وَوُجُوْهٌ یَّوْمَئِذٍ بعض لوکن ہند بتھ آسن تمہ دوہ تمتھی اندہ عَلَیْهَا
غَبَرَةٌ بتن پیٹ آسہ شرک دکفرک غبار تَرْهَقُهَا پتھ آسنک تتہ ولنہ آہرہ
قَتَرَةٌ سخت سیاہی۔ یعنی بوجہ غمزدگی نہ پریشانی آسنک اردی متغیرنہ سیاہ۔

عیاذاً باللہ اُولٰٓئِکَ هُمُ الْکَفَرَةُ یِم گےٚ تِمے کافر الْفَجَرَةُ یِم فاجر وبدکار
چھ۔ مطلب کہ یِم لوک حقیچ مخالفت کران چھِ۔ راستی وصداقت پسند تھاوان چھِنہ۔ خدا
تعالیٰ سٕنزن نعمتن ہنز قدر بوزن چھِنہ۔ تٕمسٕند حکم تہ فرمان بجا انن چھِنہ۔ تِہندِ انجام
ہرگز ہرگز رٕتو چھُنہ۔

| مَکِّیَۃ | بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | سُوْرَۃُ التَّکْوِیر |
| --- | --- | --- |

یتھ سورہ شریفس اندر چھو اللہ جل شانہ آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمن آخری زمانکن
بعض انقلابی واقعاتن ہنز قبل از وقت بطور پیشگوئی اطلاع دِوان۔ لہٰذا چھو یمہ سورک
ناو پیومُت سورہ تکویر۔ اِذَا الشَّمْسُ کُوِّرَتْ یلہ آفتاب وٕلنہ یِیہ یعنی روحانی
نظامس اندر سپدِ خلل عظیم واقع۔ علمِ دین یِیہ تُلنہ۔ وَاِذَا النُّجُوْمُ انْکَدَرَتْ بییہ یلہ تارک
گٹہ سپدن۔ دینی علمن ہنز حالت سپدِ خراب تہ ناگفتہ بہ۔ وَاِذَا
الْجِبَالُ سُیِّرَتْ بییہ یلہ کوہ دور کرنہ تہ تُلنہ ین۔ یعنی سٕرکن ہندِ خطرہ بجہ بجہ
سلطنتیو سیت انتظامِ دنیا چھو۔ تِمہ ین ڈُڈاونہ تہ فنا کرنہ۔ بییہ بٹہ بٹہ سر غنہ۔
یم خلق پھیلاونس منز حایل ٹرو رُکاوٹ سپدان۔ تم ین نیست ونابود کرنہ وَاِذَا الْعِشَارُ
عُطِّلَتْ بییہ یلہ اونٹ بیکار ین کرنہ۔ بوز تُلنس بکار ین نہ۔ بلکہ سپدِ بار وہیار
تُلنہ خاطرہ بدل کانہہ انتظام مثلاً ریل وغیرہ۔ یا چھو یُتہ تلہ مراد زمین حربکُ
عُشر یعنی دہم حصہ ہنو موقوف تہ بند سپدُن وَاِذَا الْوُحُوْشُ حُشِرَتْ بییہ یلہ وحشی
سٕنبرتھ جمع ین کرنہ۔ یعنی تم وحشی جانور یمن مقابل انسان ٹھہرِتھ ہکہ ہنہ یتھی کرِ
قابو سٕنبرتھ کرک بند۔ چنانچہ وچھو چڑیا گھرن اندر۔ کتھہ کنہ چھِہ یوان روز
بروز طرفاتو کن وحشی جانور سٕنبرتھ کرِتھ جمع کرنہ۔ نتہ چھو مراد یُتہ تلہ وحشی قومن مدرسن
اندر جمع کرِتھ تعلیم دِنہ تہ۔ تم مہذب بناون وَاِذَا الْبِحَارُ سُجِّرَتْ بییہ یلہ دریا
خشک ین کرنہ۔ یا خشک کرِتھ یِیہ تمن پیٹھ آبادی کرنہ۔ مدنیت سپدِ روز افزون
شہرکن روز بروز ترقی وَاِذَا النُّفُوْسُ زُوِّجَتْ بییہ یلہ مختلف قومن تہ مختلف ملکن ہندِ
لوک اکس اکس سیت ملناونہ ین۔ خواہ بذریعہ ٹیلیفون۔ خواہ بذریعہ تار
خواہ بذریعہ ریل وجہاز۔ وغیرہ۔ یا بوساطت رشتہ داری وَاِذَا الْمَوْءٗدَةُ
سُئِلَتْ بییہ یلہ زندہ گورِ ہندس دفن کرنکس حقس منز بازپرس یِیہ کرنہ۔

زِہ بِاَیِّ ذَنْبٍ کمہِ جُرمکہ سببہ چھ قُتِلَتْ سہ ہلاک یوان کرنہ ۔عربس اندر آسِس جاہلیتکِس زمانس اندر جاہل لوکُ کورِیٔ زندے دفن کرِت ماران ۔ بیہِ شرمہ منزہ مارہ زِہ سانہِ کور گھرٔ ژھنہ کینسہ ہندس نکاحس منز ینہ ۔ مگر یہ بیرحمی ہند رسم ژھُن اسلامن کلیتاً ہمیشہ خبطرہ بند کرت ۔ اسقاطِ حمل کرُن تہٕ گو زندہ در گور کرُن ۔ انہٕ متعلق تہٕ چھو سزادِنکُ قانون سپنمُت ۔ مگر موجودہ زمانس اندر ژھُن عادل حکومت یعنی گورنمنٹ برطانین بمتابعت حکم حضرت آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم اہل ہنودن اندر ستی ہند رسم بند کرت ۔ تم آسِن کمُنڈ زنانہِ خاوندس سیتی زندے زالان چنانچہ چھُنہ ونکنس یمِن دوشون قبیح رسمن ہُند کُنہِ جایہ نام ونشان تہٕ ۔ بکلی سپن موقوف تہٕ بند وَاِذَا الصُّحُفُ بیہ یلہ صحیفہ یعنی کتُب ورسایل وخطوط واخبارات نُشِرَتْ پھیلاوُنہ ین بذریعہ چھاپخانہا وڈاک خانجات وَاِذَا السَّمَاۗءُ بیہ یلہ آسمان کُشِطَتْ زُلنہ یئیہ ۔ تمکن علومن ہند بئیہ تحقیقات کرنہ مخفی در مخفی اسرار وغوامض ننن ۔ مطلب کہ علومن ہنز سپدِہ ترقی ۔ کشف اسرارک زمانہ ئبیہ وَاِذَا الْجَحِيْمُ بیہ یلہ نارِ جہنم سُعِّرَتْ تاوُنہ یئیہ ۔ دنیاکہ نارِ جہنم تاوُنہ تلہ چھو مراد تکلیفات تہٕ سختیہ ۔ رنگارنگ بیماری تہٕ مصیبتہٕ چھو مراد حرصک تہٕ طمعک نارِ جہنم تیز سپدُن وَاِذَا الْجَنَّةُ بیہ یلہ جنّت اُزْلِفَتْ نزدیک یئیہ انہٕ ۔ در ہر امر آسہِ آسایش وآرام ۔ رنگارنگ نعمژ آسن مہیّا نہ میسّر دنیاوی امورن ہند انتظام آسہِ تھُوی کافی تہٕ وافی ۔ زہ مشکلاتِ دنیاوی آسن سہل وآسان تہٕ بیہ آسن معمولی زانُنہِ یوان عَلِمَتْ معلوم سپدہ تہٕ رانُن تگہِ یم مذکورہ بالا واقعات ساری واقع سپدت نَفْسٌ ۔ بہر کس ۔ یہ ژُت اکِس انانس مَا اَحْضَرَتْ کیاہ کیا انوتم در وقوع ۔ کیاہ کیاہ آو تسندہ اتھ ۔ ہیہ پتُوپالیں ۔ کرہ تسلیم اسلامی امورن بوزن تگس ۔ زہ واقعی چھو اسلام دین حق ۔ بیہ بیہ کت تم وئِ ۔ سہ سہ سپن پورہ تہٕ برآ یقیناً چھو حضرت محمد عربی صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم راستباز انسان ۔ بیہ سو ہتُ آوٕ ۔ نہ ہرگز ہرگز اپز کینہہ چھُنہ ۔ فَامْتَابِہٖ ۔ فَلَاۗ اُقْسِمُ قسم چھُم بِالْخُنَّسِ تمن تارکن ہند یم پت ژلہ دن چھہِ الْجَوَارِ یم تیزی سان پکہ ون چھہِ الْكُنَّسِ یم غایب گھرٔ ہ دن تہٕ کھٹت روزہ ون چھہِ وَالَّيْلِ بیہ راژ ہند تمہ وقتُک قسم اِذَا عَسْعَسَ بیمہ وقتہ سہ نیرُن ہوان چھہِ وَالصُّبْحِ بیہ صبحکہ تمہِ وقتُک اِذَا تَنَفَّسَ بیمہ وقتہ سو طلوع کران

تہ نمودار سپدان چھُو - مطلب کہ شبانہ وقتس یعنی شرکچہ تاریکی بیہ اَنہ گٹہ زمانس اندر
یم وُنِستام خناس شیاطین کاہن وغیرہ بیہ باطل مذاہب آسِن - تمِ سپدن ساری غایب تہ
غروب - صداقتک نہ راستی ہند آفتابن کرُوئن طلوع - سو سپُن روشن تہ منوّر - لہذا
سپدن ساری تاریکی کافور تہ دور اِنَّہٗ بیشک تہ پز پاٹھ چھُو یہ قرآن مجید { یہ چھُو جواب قسم }
لَقَوْلُ بے ریب کلام رَسُوْلٍ معزز تہ شریف رسول سُند ذِیْ قُوَّۃٍ یس صاحب قوّت
وطاقت چھُو عِنْدَ ذِی الْعَرْشِ یُس عرشہ والِس خدایس نِشہ چھُو مَکِیْنٍ ذی عزّت
تہ مرتبہ والو مُطَاعٍ یمسنز اطاعت تہ فرمانبرداری کرنہ یِوہ وِن چھِہ ثَمَّ اَمِیْنٍ یُس
تِس خدایس نشہ امین مانتہ آمُت چھُو سو گو حضرت رسول کریم صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم - یم
وحیِ الٰہی نہایت امانت داری تہ دیانتداری سان خلق خدایس بوزناوُ وَمَا صَاحِبُکُمْ
بیہ چھُنہ یہ تُہند صاحب و رفیق یعنی آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم بِمَجْنُوْنٍ ہرگز ہرگز دیوانہ
تہ چھُو تمُسند وعظ کانہہ مجنونانہ کلام - نہ چھِہ یم دشمن از روی عداوت لُوکن دہوکہ دِنہ
خیطرہ ونان تہ پھیلاوان وَلَقَدْ رَاٰہُ بیشک پاٹھ لبُو تمو یمُن ذات اقدس وانہُت
بِالْاُفُقِ اعلٰے علیین یعنی علو و بلند مرتبگی ہندس انتہاہی مقامس پیٹھ الْمُبِیْنِ یُس
صاف تہ روشن چھُو - یتھ منز نہ شک شُبہ کرنچ کانہہ گنجایش چھِہ وَمَا ھُوَ بیہ چھُنہ
سو حضرت محمد عربی صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم عَلَی الْغَیْبِ غیبی امورن یعنی اسرار الٰہی بابُتھ
حقس منز بِضَنِیْنٍ بخل کرہ وُن - بلکہ چھِہ خلق خدایس تہ تمو سیت بہرہ ور فرماوان
وَمَا ھُوَ بیہ چھُنہ سو الْغیب یعنی وحیِ خدا - قرآن مجید بِقَوْلِ شَیْطٰنٍ ہرگز تہ کلام
شیطان رَجِیْمٍ یُس مردود چھُو - بلکہ چھُو سو پاک وحیِ خدا - فَاَیْنَ تَذْھَبُوْنَ
یس ای نافہمو ! - ادہ کتو چھُو تُہہ یہ حق تراوِت ژلان - اگر تُہہ تمِک پیرو سپدیو -
معزز تہ مکرم سپدیو - اعلٰے مقامس پیٹھ واتیو - تہ باخدا انسان بنِو اِنْ ھُوَ سو معمولی
کینہہ چھُنہ اِلَّا ذِکْرٌ بلکہ چھُو موجب شرف و بزرگی - موجب افتخار و عزّت لِلْعٰلَمِیْنَ
تمام جہانن ہندہ خیطرہ تہ تمام جہانن ہندن لُوکن ہندہ خیطرہ لِمَنْ پرُٹ کینہہ تمسی شخص
سندہ خیطرہ شَآءَ مِنْکُمْ یُس تُہہ منزہ یژھ اَنْ یَّسْتَقِیْمَ راہ راستس پیٹھ
یُن وَمَا تَشَآءُوْنَ تُہنتہ یژہان چھُو نہ زہ - یُس گژھ حضرت محمد عربی صلی اللہ علیہ وسلم
سندس دینس اندر یِن اِلَّآ اَنْ یَّشَآءَ اللہ گر خداوند کریم تہ چھُو خواہان تہ یژہان -

زہ تھہ ساری گژھ ہیو حضرت محمد عربی صلی اللہ علیہ وسلم سندی واسطہ میان عبادت
کرن ۔ تاکہ تھجو فلاح دارین حاصل سپدہ ہو ۔ رَبُّ الْعٰلَمِیْنَ تکبارہ سُبے تمام
جہانن ہند مربی تہ پرورش کرہ ون چھو ۔ سُونے جسمانی تربیت کرنکہ علاوہ لوکن
روحانی تربیت تہ سیت سیت کرہ ۔ ہلاک تہ تباہی سپدن ۔ لہٰذا گژھہ تہنز
مرضی خدا تعالےٰ سنز زہ مرضی مطابق آسن ۔ یعنی تہند عقاید واعمال گژھن
موافق شریعت اسلام آسن ۔ تاکہ تھجو اعلے علیین پٹھ واتت باخدا انسان سپدیو ۔

| سورۃ الانفطار | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | مکیۃ |
| --- | --- | --- |

چونکہ یتھ سورہ شریفس اندر چھو آمت بیان کرنہ زہ ۔ روحانی بارش سیت بلہ انسانی قوٰے
نشو ونما لبان چھہ ۔ کیتھہ پاٹھن چھو ادہ انسانی کمالاتن ہند ظہور سپدان ۔ توے کن چھو
یمہ سورک ناو اِنْفِطَار پیومُت ۔ اِذَا السَّمَآءُ وقتہ واتہ یلہ آسمان اِنْفَطَرَتْ
پھٹہ تہ گژھہ ہنس ۔ یمہ نزول باران روحانی سپدن ۔ یمہ سیت بندگان خدا ئن
ہند دل ترو تازہ سپدن وَاِذَا الْکَوَاکِبُ بیہ یلہ تارک انْتَثَرَتْ چھکرنہ ین یعنی
دینی علومن ہنز روشنی پھیلاون والِ پھیلن دنیائس اندر وَاِذَا الْبِحَارُ بیہ یلہ دریا
فُجِّرَتْ جاری کرنہ تہ پکہ ناوہ ین ۔ مطلب کہ علمک دریا سپدن جاری ۔ بہر طرف
سپدہ علمکو یہ چرچہ وَاِذَا الْقُبُوْرُ بیہ یلہ قبرہ بُعْثِرَتْ پراٹنہ ین ۔ مقصد کہ
تم لوک تہ لبن روحانی زندگی ۔ یم گویا جاہلیچن قبرن اندر دبیمت آسن ۔ ممکن چھو یم
ژوشوے مذکورہ علامژ آسن قیامتس متعلق تہ عَلِمَتْ نَفْسٌ پرتھ کینہ سپدہ
معلوم تمہ ساعتہ زہ مَا قَدَّمَتْ یتھ برونٹھم حال تہ وَاَخَّرَتْ بیہ پتم حال تہ ۔ مطلب
زمانہ گذشتس تہ زمانہ حالس منز بیہ عظیم الشان فرق بوزنہ ۔ دنیائن آسہ ستھاہ ترقی
کرمژ ۔ یٰۤاَیُّهَا الْاِنْسَانُ ہتا غافل انسانہ مَا غَرَّکَ کم چیزن دتوی ژہ دھوکہ ۔
بِرَبِّکَ پننس پروردگار سندس حقس منز الْکَرِیْمِ یُس صاحب کرم چھو ۔ تہ مکرم
ومعظم پننس بندن بناوہ ون چھو الَّذِیْ یم خداوند کرین خَلَقَکَ ژہ پیدہ کرنک
تہ وجودس منز انونک فَسَوّٰکَ یم بے عیب تہ بے نقص بناوُنک فَعَدَلَکَ یم
اعتدالکس حالس پٹھ ٹھیک تہ برابر بناوُنک فِیْۤ اَیِّ صُوْرَةٍ تتھ صورتس
تہ شکلہ منز مَا شَآءَ یس پسند تہ بہتر بیہ رژ بوزنہ آیس رَکَّبَکَ ژہ مرکب تہ تیار

گرنگ نمی پروردگارس نشہ شو بیا ژ نہ روزُن غافل ۔ نہ ہرگز نہ کَلَّا اصلِ حقیقت چھ
ئی زہ بَلْ تُکَذِّبُوْنَ توہ چھوا پُرزانان مانانی چھو نہ بِالدِّیْنِ مذہبس ۔ عملن ہندس
جزاءس تہ سزاءس وَاِنَّ عَلَیْکُمْ حالانکہ توہ ہیُپٹھ چھ ملازم ۔ توُہہ چھ سیت سیت
لَحٰفِظِیْنَ حفاظت کرن وال ۔ تہندئن اتوالن تہ اعمالن ہند کِرَامًا تمے چھ معزز تہ مکرم
کَاتِبِیْنَ تم چھ ساروی کینہہ لکھ ون ۔ یمین عام اصطلاحس منز ۔ ونان چھ ۔ کِراماً کاتبین
یَعْلَمُوْنَ مَا تَفْعَلُوْنَ تمن چھو نہ ساروی معلوم پیدان ۔ یہ توُہ کران چھو ۔ یس وُئن
یہ کینہہ توہ ونان یا کران چھو ۔ تہ ساروی چھو تمنی کراماً کاتبین ہندہ ذریعہ تہندئن اعمال
نامن منز لکھنہ یوان ۔ لہذا شو بیا تہند جزا و سزاءس انکار کرن اِنَّ الْاَبْرَارَ یہ چھ
یقینی کت زہ ۔ یم نیک لوک لَفِیْ نَعِیْمٍ تم ساری رنگارنگ نعمتن منز وَاِنَّ الْفُجَّارَ
ہیتہ چھ یقینی کت زہ ۔ یم بدکار لَفِیْ جَحِیْمٍ تم ساری جہنمس منز تہ رنگارنگ تکلیفن منز
یَصْلَوْنَهَا اژن تم تت جہنمس منز یَوْمَ الدِّیْنِ قیامتکہ دوہہ ۔ سو گو روز جزا ۔ ییہ دوہہ
نیکو کارن نیک عملن ہند جزا میلہ ۔ بدکارن بد عملن ہُند سزا میلہ وَمَا هُمْ چھتہ نہ تم
منکرین جزا و سزا عَنْهَا نہ جہنمہ تہ عذاب جہنمہ نشہ بِغَآئِبِیْنَ دور نہ غایب روزہ وُن
بلکہ آسک سیت سیت وَمَا اَدْرٰکَ اے انسانہ ۔ ژنہ کیا چھوی معلوم مَا یَوْمُ الدِّیْنِ
سو روز جزا و سزا کیا چھو ثُمَّ ییہ چھی ژنہ پُرژہان مَا اَدْرٰکَ ژنہ کیا چھوی معلوم
مَا یَوْمُ الدِّیْنِ سو روز جزا و سزاء کیا چھو یَوْمَ ییہ دوہہ نہ ییہ ساعتہ لَا تَمْلِکُ لَاگہ نہ
مالک ۔ یعنی ہیُیہ نہ بکار ۔ پرژھینہ نَفْسٌ کانہہ اکھاہ تہ لِنَفْسٍ کینہہ اکس شَیْئًا کنہ چیزس
بلکہ آسن ساری نفسی نفسی تہ پانو پانو کران وَالْاَمْرُ ساروی کینہہ آسہ یَوْمَئِذٍ تمہ
دوہہ لِلّٰهِ خداتعالی سندسی اختیارس اندر ۔ تمہ دوہہ انسانس پانس تامت کینہہ نہ
آسہ نہ بلکہ آسہ سو بےکس تہ بے بس ۔ لہذا یت دنیاہس اندر اے انسانہ ژہ سکیو بے بس
تہ چھکنہ ۔ حضرت محمد عربی صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم سوزمے ژنہ کُن ہادی ۔ بمطابق شریعت
اسلام کر عمل ۔ فلاح دارین لبک ۔

سورۃ التطفیف | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | مکیۃ

وَیْلٌ افسوس چھو ۔ بد انجام چھو ۔ جہنمک ئیل چھو ۔ لِلْمُطَفِّفِیْنَ تمن کتو ۔ یم چھ منز تہ کمی
چھ کران اَلَّذِیْنَ یم اِذَا اکْتَالُوْا یلہ پانہ مینٹ چھ ہوان ۔ عَلَی النَّاسِ لوکن نشہ

يَسْتَوْفُوْنَ پُورٕ چھکھ ہوان وَاِذَا كَالُوْهُمْ لیکن یلہ مینِت چھکھ دِوان اَوْ وَّزَنُوْهُمْ
یا تولِتھ چھکھ دِوان یُخْسِرُوْنَ کم تہ چھنُو چھِکھ دِوان ۔ مطلب کہ تِمن لوگن ہند انجام
چھُنہ ہرگز نہ رتو سپدان ۔ یم در حقوق اللہ یا در حقوق العباد کوتاہی تہ کمی چھِ کران لہٰذا
گژھِ مسلمانن یمہِ نشہ کلّیۃً اجتناب تہ پرہیز کرُن ۔ یوت دنیا کماوُنس پت نہ گژھن
اَلَا يَظُنُّ اُولٰٓئِكَ کیا یمن چھُن کنہ والِن چھُنا خیال اَنَّهُمْ زِ تِم چھِ مَّبْعُوْثُوْنَ
تُلنہ یِوان پرسش کرنہ خیطرٕ لِيَوْمٍ عَظِيْمٍ اکہ بڈہ عظیم الشان دوہہ يَوْمَ یمہِ دُوہہ
يَقُوْمُ النَّاسُ ساری سپدن ایستادہ لِرَبِّ الْعٰلَمِيْنَ تمام جہانن ہندس پروردگارس
برونٹھ کنہ ۔ یعنی حساب دِنہ خیطرٕ كَلَّآ یقین تھاوِزیو اِنَّ كِتٰبَ الْفُجَّارِ زِ بدکارن
ہند اعمال چھُو لَفِيْ سِجِّيْنٍ قیدخانس منز ۔ تکیازِ یمن لوکن ہند اعمال صرف
یتھ دنیوی زندگی تام محدود آسان چھِ ۔ تم چھِ گویا اکِس قیدخانس منز روزِت
گژھان ۔ یعنی کانہہ ترقی کرنس قابل چھِنہ روزان ۔ گویا تِہنز ترقی نہ کرنی چھِ تِمن کِژ
سجّین تہ قیدخانہ وَمَآ اَدْرٰىكَ تژٕ کیا چھُی معلوم زِ مَا سِجِّيْنٌ قیدخانہ کیا
چھُو كِتٰبٌ سہ چھِ اکھ کِتابہ اکھ مَّرْقُوْمٌ یُسہ لِکھنہ آمُت چھُ ۔ یعنی یِت مُہر کرا گا کار تینو
تِمن بدکارن ہند ساروی کِنہہ لِکھت تھاوِمت چھُو ۔ سو گو اعمالنامہ وَيْلٌ حسرت تہ
افسوس آسہ يَّوْمَئِذٍ تمہ قیامژ دوہہ لِّلْمُكَذِّبِيْنَ یمن اپزیارن الَّذِيْنَ يُكَذِّبُوْنَ
یِم اپُزگنزران آسن بِيَوْمِ الدِّيْنِ اتھ قیامتس دوہس ۔ اتھ جزا و سزا کِس دوہس وَمَا
يُكَذِّبُ بِهٖٓ تتھ کانہہ اپُزگنزران چھُنہ اِلَّا كُلُّ مگر سُوی پرُت اکھا مُعْتَدٍ یُس سرکش
گومُت ۔ حدہ ڈلمُت آسان چھُو گِنیسہ مُند کینہہ یُس مانان چھُنہ اَثِيْمٍ یُس بدکار آسن چھُو
اِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِ اٰيٰتُنَا یلہ تِمس سانِ آیات پرنہ یِوان نہ بوزناوِنہ یِوان چھِ ۔ زِ وچھو
گٔذبَن ہند کیا برٕ حال تہ بد انجام سپُد ۔ لہٰذا یہ باز یمہِ نشہ قَالَ دپان چھُو تورٕ بوزِت
کرِت اَسَاطِيْرُ الْاَوَّلِيْنَ یِم چھِ برونٹھِمِن لوکن ہند اپزِ داستان تہ اپزِ قصہ ۔ تراویو
یِم ۔ یُسہِ مہ کھوژناویو كَلَّا ہرگز ہرگز تِم آیات اپزِ قصہ تہ اپزِ داستان چھِنہ بَلْ رَانَ
بلکہ چھِ کھےٚ ہیٹھمر عَلٰى قُلُوْبِهِمْ تِہندن دلن پیٹھ مَّا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ تِی ۔
یُس تِم کران آسن تہ کماوان آسن ۔ توے گو تِمن پیٹھ کھےٚ آسنکہ سببہ چھکنہ تگان تِم
بوزن زِ ۔ یِم چھِ آیات اللہ ۔ یمن نشِ گژھِ نصیحت رٹٕن كَلَّا یقینی امر چھُو یہ زِ ۔

اِنَّهُمْ عَنْ رَّبِّهِمْ تم ساری آسن پننِس پروردگارس نِشہٖ یَوْمَئِذٍ تمہ قیامژ
دوھ لَمَحْجُوْبُوْنَ حجاب تہ پردہ بٔہ ژھرُ نزاوُنہ آمت۔ تکیازہ دیدار آلہی کرنہ خیطرہ
چھواعلیٰ درجک صاف دِل بکار۔ مگر تہندِ دِل آسن بسبب بدکرداری سیاہ تہ گرہٖمِن
سپنمت۔ لہذا روزنک سُے سیاہی ژھُر۔ دیدار آلہی نِش سپدن محرُوم ثُمَّ پتو یلہ تم
از دیدار آلہی محروم سپن اِنَّهُمْ لَصَالُوا الْجَحِيْمِ اژن جہنّمس۔ یُیک تٔتْ منز نارہ
سیت سہ ساری کھےتہ زنگ اَلنہ تہ دور کرنہ یِیہ تِمو پننو عملو سیت پانے پننِس
دلن منز پیدہ کُرمژ آسن ثُمَّ يُقَالُ توہ پتہ یُیک وننہ هٰذَا الَّذِي یہ کیا گوسوی
جہنم۔ تہ سوی جہنمک عذاب كُنْتُمْ بِهٖ یتِ توہ آسو تُكَذِّبُوْنَ اپُز گنزران۔ یا نٔی
آسونہ۔ كَلَّا لاریب چھَ بہ کت اِنَّ كِتٰبَ الْاَبْرَارِ زِہ نیک لوکن ہندا عمال آسن
لَفِيْ عِلِّيِّيْنَ بلند مقامن پٔٹھ۔ مطلب کہ تِم آسن ترقّی کران کران مقربین آلہین
سیت شامل سپنمت۔ قرب خدا آسک حاصل سپنمُت وَمَا اَدْرٰىكَ بہ کیاہ چھو
ژِ یہ معلوم مَا عِلِّيُّوْنَ عالی مرتبہ تہ بلند مقامات کیاہ چھِ كِتٰبٌ سہ چھَ اک کتاب۔ اک
مَّرْقُوْمٌ یتِ منز ساروی کینہہ لِکھت چھو تِمن نیکو کارن ہُند يَّشْهَدُهٗ یتِ موجود
ببن الْمُقَرَّبُوْنَ تِم لوک یِم مقربانِ خدا آسن اِنَّ الْاَبْرَارَ بے شک پاٹھ آسن یِم
نیکو کار لَفِيْ نَعِيْمٍ اعلےٰ درجہ چِن رنگا رنگ نعمژن منز عَلَى الْاَرَآئِكِ تختن پٔٹھ
اسَن تِمے يَنْظُرُوْنَ وُچھان ییٖن نعمژن کُن۔ تِمے نعمژ آسنک بروٚنٹھ کنہ ڈولان
آسان تَعْرِفُ زِ یہ آسی بوزنہ یوان فِيْ وُجُوْهِهِمْ تہندہ بُتھِ پٔٹھے نَضْرَةَ
ترو تازگی النَّعِيْمِ نعمژن ہنز بالخصوص دیدار آلہیچ فرحت وخوشی يُسْقَوْنَ
چاوُنہ ییٖن تِم تریش مِنْ رَّحِيْقٍ صاف بیہ خالص شراب طھوریچ مَّخْتُوْمٍ یِیہ
سربمہر کرت آسِہ محفوظ۔ یعنی از قسم اعلےٰ۔ یتِ منز نہ کُنہٖ قسمچ کانھہ کثیف آمیزش سپنمژ
آسِہ خِتٰمُهٗ تیچ نرم مُہر مِسْكٌ صرف مشک تہ نافے یا تو آسِہ۔ اندرمہ تریشہ
ہنز اعلےٰ تہ شیرین آسیچ چھنہ کُنھی کانھہ وَفِيْ ذٰلِكَ اتھ منز کیا شوبہ فَلْيَتَنَافَسِ
رغبت تہ شوق کرُن الْمُتَنَافِسُوْنَ رغبت تہ شوق کرن والین ہند۔ مگر ژھروٗی
شوق پیداہ کرنہ سیت یہ ہرگز ہرگز حاصل سپدیوٗ نہ۔ تا وقتیکہ تِتو تامت نہ توٚہ
نہ اعمالِ صالحہ کریوٗ۔ وَمِزَاجُهٗ بِلاوٹ چھَ تمہ شراب طھوریچ۔ مِنْ تَسْنِيْمٍ

صاف تہ اعلےٰ آبہ سیت کرنہ آمژ عَیْنًا سوچھو عظیم الشان چشمہ یَشْرَبُ بِھَا یمہ ترِیش چون اُلْمُقَرَّبُوْنَ نمے لوک۔ یمن قرب خدا حاصل سپدان اِنَّ الَّذِیْنَ بیشک تم لوک اَجْرَمُوْا یمو جرم وگناہ کرُٔ کَانُوْا آسن دردنیا مِنَ الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا ایماندارن یَضْحَکُوْنَ۔ اسان آسان۔ یعنی تمسخر آسک کران۔ تہ حقیر آسک زانان وَاِذَا مَرُّوْا بِھِمْ ییٔے زاہ تم مومن تمو مجرمو کِن پکہ ہن یَتَغَامَزُوْنَ اک اکِس کُن آسن اشارہ بازی کران تہ ہاوان زہ۔ یمے کیا گیٔے تم۔ تہ آسک نظرِ حقارت وچھان نہ۔ ذلیل زانان وَاِذَا انْقَلَبُوْا وٗنِ بلہ تم واپس گھرٕ ہان آسن اِلٰٓی اَھْلِھِمُ پننٕن گھرن کُن انْقَلَبُوْا فَکِھِیْنَ بناز وتبختر آسن یلہ مارِ مارِ گھرٕ ہان غرض آسک لمہ تلہ پننہِ بیعقل خیالہ موجب آسان۔ مسلمانن سوخت کرُن۔ بس ییہ نہ گژھتہِ۔ وَاِذَا رَاَوْھُمْ ییٔے زاہ تم شریرین مسلمانن وچھہ ہن قَالُوْٓا ونان آسن اِنَّ ھٰٓؤُلَآءِ یم چھہ ساری بُڈکیٔو لکٹ۔ مرد کیوٗزنانہ۔ لَضَآلُّوْنَ ڈلمت تہ گمراہ سپنمت وَمَآ اُرْسِلُوْا حالانکہ تم مجرم آسنہ عَلَیْھِمْ تمن مسلمانن پیٹھ حٰفِظِیْنَ محافظ تہ نگران بناوت سوزنہ آمِت گژھنہِ زہ تم آسن تمن نکتہ چینی کران۔ تمن ہمکو کانہہ حق آوسنہ فَالْیَوْمَ ییٔس ازکیا آسن الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا صاحب ایمان مسلمان لوک۔ مِنَ الْکُفَّارِ یمن کافرن یَضْحَکُوْنَ اسان تہ شرمندہ کران۔ تکیازہ مومن آسن تنہِ معزز رنگارنگ نعمژ آسنک بروٗنٹھ کِنہ ڈولان۔ یم کفار آسن نہایت ذلیل حالس اندر۔ ایماندار آسنک انھ بدحالس منز وُچھت اسان تہ شرمندہ کران عَلَی الْاَرَآئِکِ یَنْظُرُوْنَ عظیم الشان تخت پوشن تہ مسندن پیٹھ بہت آسنک وچھان ھَلْ ثُوِّبَ الْکُفَّارُ بیشک آو بدلہ دِنہ یمن کافرن مَا کَانُوْا یَفْعَلُوْنَ ییٔ یہ تم کران آسن۔ والاّ تمتہ نے پنژھ عملہ کرہ ہن پنھ کنہ خجل وشرمندہ ماگھرٕ ہن۔ پس تیٚھو ووٗک۔ تیٚھو لو نکُ۔

| سورۃ الانشقاق | بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | مکیّہ |
| --- | --- | --- |

یمہ سوٗرُک ناو چھو انشقاق۔ انشقاقُک معنی چھو پھٹُن۔ یتہ منز یمہ کتھِ ہند اشارہ چھو زہ تمام قسمچہ ترقی چھہ کنہِ انشقاقس سیت تعلق تھاوت۔ پتھ کنہ رُود سیت آسمانُک انشقاق سپدان چھو۔ زمینک مخفی تہ پوشیدہ طاقت ترقی لبان چھہ تتھے کنہ چھو اللہ تعالیٰ سندہِ طرفہ وحکیس رنگس منز تہ اک روحانی انشقاق سپدان۔ انسان

سند مخفی طاقت چھہ ظاہر سپدت بیاکھ روحانی قیامت قایم کران۔ یم قیامت گژھی
کِس وجودس پیٹھ بطور نشان چھہ واقع سپدان۔ پس چھہ یت سورۂ شریفس منز انسان سنزن
روحانی ترقین سیت بجن اسلامی ترقین ہنز بشارت تہ وابستہ اِذَا السَّمَآءُ یلہ آسمان
انْشَقَّتْ پھٹہ۔ یعنی نزول باران روحانی سپدہ۔ آسمانی چیز تہ اجرام فلکی ہاون پنن
نشانات وَاَذِنَتْ لِرَبِّهَا بیہ بوزہ پنٕنس پروردگارہ سند حکم تہ بجا اَنہ وَحُقَّتْ سہ چھہ
لایق وسزاوار تتھ وَاِذَا الْاَرْضُ بیہ یلہ زمین مُدَّتْ وسیع تہ کشادہ سپدہ۔ تہ
زیٹھ۔ مطلب کہ زمینس متعلق ین معلومات حاصل کرنہ۔ زمینی علوم ین دریافت
کرنہ۔ تو پتہ تیٚمہ تت ترقی دِنہ وَاَلْقَتْ بیہ کڈہ نبر کُن مَا فِيهَا تم تمام ینہ اندرونی
طاقت۔ تم تمام ینہ راز۔ یم تت منز مخفی تہ پوشیدہ آسن وَتَخَلَّتْ خالی سپدہ تتھو
نشہ۔ مطلب کہ کامل تہ پورہ پاٹھن یٚیہ تمکین تمام پوشیدہ امورن ہند انکشاف کرنہ۔
باقی کینہہ تراونہ یِٕنہ وَاَذِنَتْ لِرَبِّهَا یہ زمین تہ بوزہ پنٕنس پروردگارہ سُند حکم تہ
سوی اَنہ بجا وَحُقَّتْ سہ چھہ تتھ سزاوار و لایق۔ تمِس کوم تہ چھہ حکم آلٰہی بجا
انُن يَاَيُّهَا الْاِنْسَانُ اَے انسانہ اِنَّكَ بیشک پاٹھ چھکھ ژٕہ کَادِحٌ کوشش
کرٕ کرٕ وانہ ون اِلٰى رَبِّكَ پنٕنس پروردگارس نش كَدْحًا خوب کوشش کرٕ کرٕ فَمُلٰقِيْهِ
پنٕنس سیت ملاقات کرہ ون تہ۔ مطلب کہ زراعتی زمین ہتھ کن آبپاشی تہ محنت کرت
فصل بنان چھو۔ تتھے کن یٚلہ چالس دِلکس زمینس روحانی آبپاشی سپدہ۔ تت نہ کیاہ چھو
اَدہ مجاہدہ ومحنت ومشقت کرنچ ضرورت۔ اَدہ ہیٚکہ ژٕہ دیدار خدا کرت نہ با خدا
انسان سپدت۔ صرف نام خدا بر زبان ہنہ سیت تہ اللہ اللہ خالی کرنہ سیت نہ فَاَمَّا مَنْ
پس یُس شخص اُوْتِيَ دِنہ آیہ كِتٰبَهٗ پنُن کتابچہ اعمالنامہ بِيَمِيْنِهٖ پنٕنس دچھِنس
اتھس کُن (یعنی تٔس یم دردنیا بر شریعت پورہ قوت و طاقتہ سیت عمل آسہ کرمت)
فَسَوْفَ يُحَاسَبُ پس تٔمہ عنقریب تمس حساب ہنہ حِسَابًا يَّسِيْرًا نہایت آسان حساب
وَّيَنْقَلِبُ بیہ گژھہ سو شخص واپس حساب دِت اِلٰٓى اَهْلِهٖ پنٕنن ہمجنسن یعنی نیکو
کارن کُن مَسْرُوْرًا شادان وخوش وخرّم وَاَمَّا مَنْ بیکن یُس اُکِس اُوْتِيَ
دِنہ آو كِتٰبَهٗ پنُن اعمالنامہ وَرَآءَ پتکن ظَهْرِهٖ پنٕنہ تھصر پتکن (یعنی تٔس یم دردنیا
شریعت پِس پُشت تراوت ژھمُت آسہ تہ۔ تت کن آسن نہ تو تھوی کاتھ راہ دِت)

فَسَوْفَ يَدْعُوْ اَنی کرِہ سوجلدی فریاد ثبوراً ہلاکنس منز گرفتار پیدنکُ۔ یعنی
دپزِہ کانژہا موکلاوُ توم۔ مگر کُس موکلاوِتُس۔ وَيَصْلٰى بلکہ اژہ نہ دزہ سعیراً
دوزخس منز اِنَّهٗ كَانَ یہ بدکار نہ کیا آسو نی اَهْلِهٖ پننٔن ہمجنسن اندر مَسْرُوْراً
خوش تہ خورّم آسان اِنَّهٗ ظَنَّ تمس اوسو گمانہ تہ خیال اَنْ لَّنْ يَّحُوْرَ زِہ کارِ دنیاہکُ
حساب دِنہ خیطرہ چھُنہ ہرگز نہ پیش خدا حاضر سپدُن۔ توے کُن اُوسنہ سو کاہہ عمل
خیر تہِ کران بَلٰى ہاں ہاں۔ دوبارہ زندہ سپدُن آسو یقینی امر اِنَّ رَبَّهٗ كَانَ بِقِيْنًا
آسو تمسند پروردگار بِهٖ بَصِيْرًا تمسندٔن حالاتن تہ خیالاتن وچھان تہ زانان
تس نِش کینہہ کھٹِت اوسنہ فَلَآ اُقْسِمُ پس قسم چھُوم بِالشَّفَقِ تمہ سرخی ہند۔
یُسہ آفتابہ لوُسنہ پتے بطرفِ مغرب آسمانس پیٹھ ظاہر سپدان چھِہ۔ مطلب چھُو
تمہ تلہ۔ انتہ مشابہت دِن ہاوِت دنیاکس آخری وقتس سیت وَالَّيْلِ بیہ راژہند
قسم وَمَا وَسَقَ بیہ تمکو یہ سہ جمع کران چھِہ۔ یعنی تاریکی۔ یا حادثاتِ شب۔
مراد چھو تمہ تلہ ہاوُن یُزہ۔ مرنہ پتہ چھِہ آسان انسان سنز حالت راژہنزہ تاریکی مشابہ۔
وَالْقَمَرِ بیہ چھُم قسم زُونہ ہند اِذَا اتَّسَقَ یلہ سہ پوُرنہ کامِل چھِہ سپدان لَتَرْكَبُنَّ ضرور
ضرور کھسو تہ ترقی کریو تُوہ طَبَقًا عَنْ طَبَقٍ اکہِ اکہِ حالہ بیین بیین حالس۔ مطلب کہ ییتھ کنہ یہ زُون
چھِہ وارہ وارہ درجہ بدرجہ بڑان تہ کامِل سپدان۔ تتھے کن کرن حقیقی مسلمان تہِ ترقی تا اعلےٰ مقامن
پیٹھ واتن۔ خصوصاً کرِہ یہ دینِ اسلام ترقی کران کران پتو لاکن آخر سارِی ظلماتِ کفر و شرکس
کا فور تہ دور۔ سوی سپدِہ بدر یعنی شبِ چاردہچہ زُونہ ہند پاٹھہ کامِل۔ اگرچہ درمیانس ییتس
گٹہ تچھِن ہند پاٹھہ مشکلات تہ درپیش۔ مگر تیوٗزُلنس تمتہ فَمَا لَهُمْ پس کیا سپُن تمن۔ زِہ تم چھِہ ظلمات و مشکلا
کُن وچھان لَا يُؤْمِنُوْنَ ایمان چھِنہ انان وَاِذَا قُرِئَ عَلَيْهِمُ الْقُرْاٰنُ بیہ یلہ تمن قرآن چھُو پرنہ یوان
تمکے بہا معارف بوزناوُنہ چھِہ یوان لَا يَسْجُدُوْنَ سرِ تسلیم خم چھِنہ کران۔ یعنی قبول چھِنہ کران ہاں چھِنہ۔ بَلِ
الَّذِيْنَ كَفَرُوْا بلکہ یم لوکَ پننسی کفرس پیٹھ اصرار کرت چھِہ يُكَذِّبُوْنَ تم چھِہ تت تکذیب کران تہ اپزہ زانان
زِہ یہ چھُنہ کلام خدا وَاللّٰهُ اَعْلَمُ اللہ تعالیٰ چھُو خوب زانہ دُن ہمہ تم تمام کج تہ فاسد خیالات يُوْعُوْنَ یم تم
اسلامس برخلاف دلس منز رٹِت تہ بند کرت مخفی تھاوان چھِہ فَبَشِّرْهُمْ پس دِیُو
تمن خبر بِعَذَابٍ اَلِيْمٍ دردناک تہ سخت عذاب میلنچ اِلَّا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا یکن یِمو
ایمان انو وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ بیہ کرِک رِژہ کامہ لَهُمْ اَجْرٌ تمن میلہ اجر غَيْرُ مَمْنُوْنٍ

بے منّت پاٹھن ۔ تکیازہ سہ چھک ینِ مزورِ ۔ یتے بے انتہانہ ۔ پوشہ وِن ۔

| | | |
|---|---|---|
| سورۃ البروج | بسم اللہ الرحمن الرحیم | مکیۃ |

وَالسَّمَآءِ گواہ چھُو آسمان ذَاتِ الْبُرُوْجِ یُس ستارہ والو چھو ۔ اتھ لفظِ بروجس
اندر چھُو یہ کتھ ہُند اشارہ زہ ۔ ملکِ عربس اندر سپدہ عنقریب اک قومہ پیدہ ۔ یہ ساری
عربستانس منز تتھے کن یئیہ پھیلاونہ ۔ یتھ کن آسمانس تارک چھہ ۔ چونکہ تارکو سیت چھہ
شبانہ روشنی سپدان ۔ سہ قوم تہِ سپدہ کفرِ ظلمتکہ شیچ روشن کرنچ موجب ۔ تِم گے حضراتِ
صحابہ رضوان اللہ علیہم اجمعین ۔ کما قال علیہ السلام اصحابی کالنجوم ۔ بایہم اقتدیتم
اھتدیتم ۔ وَالْيَوْمِ الْمَوْعُوْدِ یہ چھُو گواہ وعدہ دِنہ آمُت دُوھ ۔ سو گو حق و باطل ظاہر
پدنکُ نہ تن ہندہ فیصلہ سپدنکُ دوھ (مثلاً یوم بدر ۔ یمہ دُوھ بڈ بڈ شریر لوک تہ
مخالفین حق ابو جہل وغیرہ ہیو ۔ ہلاک سپن) وَشَاهِدٍ یہ سو ۔ یُس پننہ پاک ذاتک مجسم گواہ
بناوِت سوزم دردنیا ۔ سو گو حضرت محمد رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم وَمَشْهُوْدٍ یہ یت
کن سو گواہ بناوت سوزم ۔ سہ گیہ ساری مخلوق آلہی ۔ نتہ امتن مسلمہ ۔ یمو سو آن حضرت
صلی اللہ علیہ وسلم خداوند تعالے سندہ پاک ذاتک مجسم گواہ نہ ثبوت مانو ۔ قُتِلَ ہلاک آیِ
کرنہ اَصْحٰبُ الْاُخْدُوْدِ خندق والِ النَّارِ ذَاتِ الْوَقُوْدِ یم نار آسِ زالان ۔ مطلب کہ
تِھے کن ین دشمنان اسلام تہ ہلاک و تباہ کرنہ ۔ یم مسلمانن منصوبہ بازی کرِ کرِ ایذا چھہ
واتناوان اِذْ هُمْ یلہ تِم عَلَيْهَا قُعُوْدٌ تت پیٹھ آسِ بہت آسان ۔ خدا پرست لوکن
تت منز زالنہ خبطرہ وَّهُمْ یہ آسِ تِم عَلٰى مَا يَفْعَلُوْنَ تت پیٹھ ۔ یہ تِم کران آسِ
سلوک خندق والِ بِالْمُؤْمِنِيْنَ ایماندارن سیت شُهُوْدٌ حاضر آسان ۔ مطلب یہ
سانہ کینہ در نار تراوان آسِ ۔ ساری آسِ یہ نظارہ وُچھنہ خیطرہ اتھ واقعس پیٹھ حاضر
تہ جمع سپدان ۔ گویا آسِ اتھ پیٹھ اک بڈ خوشی مناوان وَمَا نَقَمُوْا مِنْهُمْ تِم مخالف
آسنہ تمن خدا پرست لوکن کُنہ کتھہ پیٹھ تہ ناراض ۔ نہ آس کانھہ عیب تمن اندر وُچھان
ویے سببہ آسہن تِم تمن تکالیف واتناوان اِلَّآ اَنْ مگر صرف یمی سببہ زِہ ۔ يُّؤْمِنُوْا
بِاللّٰهِ تمو آو سو خدایس ایمان انمُت الْعَزِيْزِ یُس غالب و زور آور چھُو ۔ یُس سارِن
ہست چھُو ۔ الْحَمِيْدِ یُس تمام خوبین تہ کمالاتن ہند جامع تہ سرچشمہ چھو ۔ یُس عیبو
تہ نقصونش منزہ تہ پاک چھُو الَّذِيْ تس خدای واحدس پیٹھ لَهٗ مُلْكُ یس منز ۳

بادشاہت ﭼﮭ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ آسمانن ۽ زمينن ۾ وَاللّٰهُ ۽ هوءِ حضرت الله
جل ذڪره ڪيا ﭼﮭو عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ پرت ڪنھ چيز ۾ پٽ شَهِيْدٌ حاضر ۽ موجود - ۽ ڪنھ ها
ڪنھ چيز ۾ سيت واقعه ﭼﮭو پيش پيدا - ۽ ﭼﮭوتن معلوم آسان ۽ ڪيازه سيت ﭼﮭو ۾
ﭼﮭو اِنَّ الَّذِيْنَ يقيناً تهي هيو شرير لوڪ فَتَنُوْا يو دُڪھ ۽ تڪليف واتنا وُ الْمُؤْمِنِيْنَ
مومن مردن وَالْمُؤْمِنٰتِ ۽ مومن زنانن ثُمَّ توپته ۽ لَمْ يَتُوْبُوْا آهي نه ۾ تنش
تم باز فَلَهُمْ پس ﭼﮭو تهند خيطره مقرر عَذَابُ جَهَنَّمَ عذاب دوزخ وَلَهُمْ ۽ ﭼﮭو
تهنده خيطره عَذَابُ الْحَرِيْقِ دزه ونه نارڪ عذاب اِنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا ليڪن يو ايمان
اُو وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ ۽ ڪرنڪ نيڪ ۽ رڙه ڪامه لَهُمْ جَنّٰتٌ تهنده خيطره ﭼﮭ جنات و
باغات تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِهَا الْاَنْهٰرُ ۽ يومئز قسم قسمچه نهره ۽ ڪوله پڪان ﭼﮭ ذٰلِكَ الْفَوْزُ
يهي ڪيا گيه سه بڏ ڪاميابي ۽ رستگاري الْكَبِيْرُ يسه نهايت بڏ ﭼﮭ اِنَّ بيشڪ ﭼﮭ
بَطْشَ گرفت رَبِّكَ چانش پروردگار ۾ لَشَدِيْدٌ نهايت سخت ۽ ڪڏر ۽ ئيله سو
پننئن پرستارن هندئن مخالفن رٽنس پيٽ ٻئيه - تئيله ﭼﮭالتن نش دُور - ليڪن سو ﭼﮭو
اڪثر عفو ڪران - مگر ئيله ﭼﮭورٽان - نهايت سخت ﭼﮭورٽان اِنَّهٗ هُوَ سوگيا گو سو يُبْدِئُ
يس درابتدا ﭼﮭو معدوم ۽ نيت چيز ۾ وجود ۾ منزانان وَيُعِيْدُ پتو ۽ سوي بار بار
تغيرات منزانان - يا ﭼﮭو مراد - تمي ڪريو گوڏه ۽ پيده - سوي ڪريو دُوميه لٽه ۽ زنده جسا
دنه خيطره وَهُوَ الْغَفُوْرُ سوي ﭼﮭو گناهن بخشن والو الْوَدُوْدُ ٻندن سيت محبت
ڪرن والو ذُو الْعَرْشِ عرش والو ۽ عظمته والو الْمَجِيْدُ ڪبريائي والو ۽ بڏ شان والو
فَعَّالٌ ۽ ڪرن والو لِّمَا يُرِيْدُ ۽ اراده ڪران ۽ - يڙهان ﭼﮭو - ئيله سو دشمنان اسلام
هلاڪ ڪرن يڙهه - فوراً ڪرنڪ - يتس نش ڪيا ﭼﮭو دور هَلْ اَتٰىكَ زئه نش ﭼﮭنا وارمز
حَدِيْثُ الْجُنُوْدِ ۽ فوج تمه لشڪره هنز خبر فِرْعَوْنَ وَثَمُوْدَ يسه فرعون وثمود ۾
آس - باوجوديڪه ڪيتاه شان وشوڪت وال ۽ جاه وجلال وال ۽ ۽ مال و دولت
وال آس تم - مگر تباه ۽ ويران ۽ ذليل ڪرن - تمي يا تو سيٺن ۽ يوت حال بد -
بَلْ بلڪه سپده ۽ تمن ۽ الَّذِيْنَ ڪَفَرُوْا يم دوهوي حق وصداقتس انڪار ڪره ون آس
فِيْ تَكْذِيْبٍ يم شب وروز ٻنچ تڪذيب ڪرنس درپي آسن - تت اُپر گنزران آسن -
وَّاللّٰهُ مِنْ وَّرَآئِهِمْ الله تعالے ﭼﮭو تمن پرت طرفه مُّحِيْطٌ احاطه ڪره ون ۽ -

رڻه ڏِن - تن ئِش ڪا ٿه اُٿه گهڙه نه - نه ڙِله نه - ضرور ضرور ڪرڪ سو گرفتارِ عذاب
پهرڪنه ايزچُهنه - يا ڪينه بشر سند قصه و داستان ڇهنه - بَلْ هُوَ قُرْاٰنٌ بلکه ڇهو يه قرآن
ته - دائي وعظ خوان مَجِيْدٌ يُن بِڏشان دالوڇهو فِي لَوْحٍ مَحْفُوْظٍ سو ي دروح
محفوظ - سوي حق نه پُٽر - يُحه پيشينگوئي يئِن يقيناً وقوعس منز - بالضرور گهرڙهن مخالفين
ناڪام و نامراد - ساروي بدله - قرآن مجيدڪ ڪا ٿهر ڪلام بدله نه - تِکيازه سوچهو محفوظ -
اِنَّا نَحْنُ نَزَّلْنَا الذِّكْرَ وَاِنَّا لَهٗ لَحٰفِظُوْنَ -

| مَكِّيَّةٌ | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | سُوْرَةُ الطَّارِقِ |
|---|---|---|

وَالسَّمَآءِ آسمان ڇهو گواه وَالطَّارِقِ بيه شبانه اَنه گهڻه منز يوه ڏُن وَمَآ اَدْرٰىكَ
ژُنه ڪيا ڇهوي معلوم مَا الطَّارِقُ سو شبانه يُنه گهٽس منز يوه ڏُن ڪيا ڇهو اَلنَّجْمُ سو ڇهو
ستاره اک الثَّاقِبُ يُن نهايت روشن نه چمکدار ڇهو - يُحه روشني هنزِه تيزي سيت
تاريڪيه پاش پاش سپدان ڇهُو - ئمِه تله ڇهواشاره حضرت محمد عربي صلی الله عليه وسلمس ڪُن -
يُن ڪفر و شر ڪلِس ڪمال ظلمتس اندر در ملک عرب مبعوث سپُن - تيمے آس خفته - اک نه وُزه
نادِن يِهنزي قوّتِ قدسي هنزه روشني سيت جهانچ تاريڪي دُور نه ڪافورسپن اِنْ كُلُّ نَفْسٍ
ڪانهه اکها ڇهنه سو - لَّمَّا عَلَيْهَا حَافِظٌ يمس پيٺ نه حفاظت ڪرن والو ڇهو - يعني پرٽت
ڪينه هندا اعمال ڇهه بذريعه ڪراماً ڪاتبين اعمالنامن منز محفوظ يوان ٿهاوُنه - يه ڪره - نه لبه -
فَلْيَنْظُرِ الْاِنْسَانُ پس وُڇهن نه سوچن انسان - بيه ڪرِن غور مِمَّ خُلِقَ نه ڪِه چيزه پيٺه
آو سو پيده ڪرنه - شايد ڪه بِنن اصلي حيثيت معلوم سپدت يئيه مخالفت حق ڪرنه نِش باز خُلِقَ
سوانسان ڇهو آمُت پيده ڪرنه مِنْ مَّآءٍ تمی آبه پيٺه دَافِقٍ يُن نزاوت ژهننه امُت ڇهو
{معني مدفوق - بيال} يَّخْرُجُ يُن نيران ڇهو مِنْۢ بَيْنِ الصُّلْبِ ٿهرُ هنزه ڏڄه منزه نه وَ
التَّرَآئِبِ بيه لره ڪانيو منزه {لفظ صُلب و تَرائِب بيان ڪرِنِ منز ڇهو لطيف اشاره
شرمگاه يعني شرمه هنزِن جاين ڪُن - يم نه زِيوه پيٺ هِنس لايق ڇهه - لهذا ڇهو اتهمز
اکه قسمک تنبيه بني آدمس ڪرتو} اِنَّهٗ بيشک ڇهو سو پروردگار - يئم سو انسان پيده ڪر
عَلٰى رَجْعِهٖ تمِسندس يا تِس نِش واپس انِنس پيٺ جوابدهي خطره لَقَادِرٌ - قدرته
والو - نه طاقت والو - يَوْمَ يِه دوهه تُبْلَى السَّرَآئِرُ ساري اسرار نه تمام مخفي
راز ظاهر ته ننُن سپدن فَمَا لَهٗ پس آسنه تمس انسانس مِنْ قُوَّةٍ ڪنه قسمک ڪا ٿه طاقت

یِہ سیت سو پانہٕ ہیٚنٛ پان بچاوِہ ہِ وَلَا نَاصِرٍ نہ بیہ کانٛہہ تِمنٛٛٛٛو یاره مددگاره - یُس
مدد کرِہ ہس تہٕ - موکلاوِہ ہس - لہٰذا یُین سو قبل از وقت یانہٕ کارہائے ناشائستہٕ تراوٕن
رجوع بحق کرن - کامیاب تہٕ بامراد سپدِہ وَالسَّمَآءِ بیہ چھُو سو آسمان گواه ذَاتِ الرَّجْعِ
یُس زمینی بخاراتن پانس نزدیک کھالِت در رنگ بارش واپس ترادان چھو وَالْاَرْضِ
بیہ زمین گواه ذَاتِ الصَّدْعِ یِس بارشہٕ سیت نباتات یعنی کلئن کٹئن ہنده
ذریعہ پھٹان چھ اِنَّهٗ لاریب چھُو یہ لَقَوْلٌ کلامہ فَصْلٌ فیصلہ کره دُن - یعنی
یتھہ کُن بارش سیت قابل زمین سرسبز و شاداب چھ سپدان - تتھے کُن چھو یہ
قطعی امر - زه روحانی بارش یعنی وحیِ الٰہی کہِ ذریعہ تہٕ بیہ تیچہ تعلیمہ ہنده ذریعہ چھ
قلب سلیم تہٕ زنده سپدان تہٕ منور سپدان وَمَا هُوَ بیہ چھو نہٕ سو وحی الٰہی یعنی کلام
خدا آسان بِالْهَزْلِ بیہوده تہٕ بے مطلب اِنَّهُمْ بیشک یاٹھ چھ یم دشمنانِ
حق یَكِيْدُوْنَ كَيْدًا خوب تدابیر خلاف آنحضرت و اسلام کران آسان وَاَكِيْدُ كَيْدًا البکن بہ تہٕ
چھس حق و صداقتکس تائیدس منز خوب تدابیر و اسباب پیده کران فَمَهِّلِ الْكٰفِرِيْنَ
پس تراو دیوک تہٕ یم کافر اَمْهِلْهُمْ رُوَيْدًا ہتہٕ دیوک مہلت - یہند کار
کرِ یو حوالہ بخدا - و چھو انجام کیاه سپدِه - یعنی اسلامی سپده غالب و کامیاب
تہٕ یم گژھن مغلوب و نامراد -

سُوْرَةُ الْاَعْلٰى | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | مکیۃ

سَبِّحِ پاکی کریان اسْمَ رَبِّكَ پننس پروردگار سنده نام پاکیچ - مطلب کہ سو ذاتھ
تمام قسمکیو عیبو تہٕ نقصونش منزه تہٕ پاک - تمام حسن و کمالاتن ہند جامع تہٕ سرچشمہ
الْاَعْلَى یُس در ذات و صفات ساری کھست چھو - یس کھست تہٕ بیاک کانٛہہ
ہستہٕ چھُنہٕ - یس انسانی خیالاتن اندر ینس منز نہایت بلند تہٕ بالاتر چھ - یمس سیت
انسان تعلق پیده کرِتھ بلند مراتب و عالی مقامن پٹھ واتان چھو - الَّذِيْ خَلَقَ یم
پرئتھ کانٛہہ چیز پیده کُر فَسَوّٰى سوی بناوِن کال یعنی پرئتھ چیزس دِتُن پنُن پنُن
کمال الگ الگ وَالَّذِيْ قَدَّرَ بیہ یم پرئتھ چیزس اندر پنُن پنُن اندازه تہٕ حدبست
مقرر کُر - یمہ نبر نہٕ سُو چیز ہرگز نہٕ چھو نیرتھ ہکان - بیہ تہنٛزِ وُنس پنُن پنُن خاصیت
جُدا جُدا فَهَدٰى بیہ دِژُنس ہدایت تہٕ - یعنی اک قانون کرُن مقرر - یتھ قانونس

ماتحت پکن سو ہنٛ کمال حاصل چھو ہکان کرِت وَالَّذِی اَخْرَجَ بیہ یُس کرُان تہٕ۔
کھالان چھو یعنی از زمین اَلْمَرْعیٰ گھاسہ فَجَعَلَهٗ تو پتہٕ چھو سو تمِتھ بناوان غُثَآءً
گوٚڑہ کرُکٹ اَحْوٰی سیاہ سبزی ہاٚل ۔ یُس سبزی ہُندآخری کمال چھو ۔ مطلب چھو
بوآیاتو تلہٕ ئی زہ ۔ تِلہٕ تمام ذرّاتِ کائنات ہکن پننس پننس مقررہ قانونس ماتحت
پنٛ پنٛ کمال حاصل کرِت ۔ انسان یُس اشرف و بہترین مخلوقات چھو سُو کیا زہ
ہکہ نہٕ پننس مقررہ قانونس ماتحت پنٛ کمال حاصل کرِت اعلٰے علیینس پیٹھ واتِت
مگر چونکہ انسانس چھو کمال حاصل کرنہٕ خیطرہ اتّباعِ وحیِ آلٰہی کرُن ضروری ۔ لہٰذا
فرماوُنس سَنُقْرِئُكَ تُس پرناوُوت زہ فَلَا تَنْسٰی سو سانو پرناوُن زہ
ہرگز ہرگز مشراوک نہ ۔ سید المرسلین حضرت محمد عربی صلی اللہ علیہ وسلمن پیٹھ آسو
بعض وقتہ دہن وُہن رکوعن ہند سورہ اکی سانہ نازل سپدان ۔ مگر باوجودیکہ
لیکھن پرُن نہ زانِت تہٕ اوسہ تمن از وحیِ آلٰہی اک حرف تہٕ مشِد گژھان ۔ نہ کُنہٕ حرفچ
کانہہ کمی بیشی سپدان ۔ نہ کُنہٕ آیتن منز در ترتیب پس و پیش سپدان ۔ یہ خو نہ کیا گژھِ
معجزن منز تہند بوڈ معجزہ خیال ۔ زہٕ ہیوے امر چھو پانے بجایہِ خود بر صداقت وحیِ
آلٰہی اک قاطع تہٕ بیّن ثبوت اِلَّا مَا شَآءَ اللّٰهُ مگر تی گژھِ ہوٗ مشِد ۔ یمکہ مشِد گژھُن چ
خداوندکریمن مشیّت زانُن چھہ ۔ مطلب کہ قرآن مجید یُس ساروی کلام خدا چھو سُو تہٕ
ہرگز تہٕ یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم مشِد گژھِ ہوٗ نہ ۔ تمہ علاوہ بیہ کُنہٕ قسمُک کلام
مشِد گژھِ ہوٗ ۔ نہ گژھِ ہو ۔ مگر قرآن کریم نہ ۔ چنانچہ قرآن کریم آسو نازل سپدنکہ وقتہ
فوراً سیت حضرت زید بن ثابت رض سندِ اتھہ لیکھناونہ یوان ۔ علاوہ ازین
مشِد تہٕ کتھہ کن گژھِ ہک ۔ تکیازہ اتھہ متعلق آسو وعدہٕ آلٰہی اِنَّا نَحْنُ نَزَّلْنَا الذِّكْرَ
وَاِنَّا لَهٗ لَحٰفِظُوْنَ ۔ زہ قرآن کرُ نازل اسہ ۔ اسی چھہ تمُک محافظ و نگہبان تہٕ
اِنَّهٗ يَعْلَمُ بیشک پاٹھہ چھو تُس معلوم ۔ الْجَهْرَ تم ساری حالات ۔ یم در ظاہر
تہٕ سیت از مخالفین پیش یوان چھہ وَمَا يَخْفٰى بیہ تِم ۔ یم مخفی پاٹھہ تِم سوچان
تہٕ کران آسان چھہ ۔ وَنُيَسِّرُكَ لیکن تُس پکناوُوہ تہٕ لِلْيُسْرٰى سہل وتہٕ
مطلب کہ تُس کراوُوہ تہند خیطرہ تنتھی اسباب پیدا ۔ یمو سیت تہٕ تبلیغ و اشاعتچ
وتہٕ ہند ساری تکالیف بیہ سارے رُکاوٹ دوٗر سپدن ۔ ودہر المرخیر سپدِ نو بیہ

سٕہُولیٚتھ پیدا فَذَکِّرْ پیٚس تھوٚزٕہ جاری پَنُن وعظ و نصیحت تومس یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم اِنْ نَّفَعَتِ الذِّکْرٰی یقیناً چھےٚ ضرور نفع تہٕ فایدہ دوٕہ وٕن سَیَذَّکَّرُ مگر سوی کرٕہ تمہٕ تہٕ نصیحت حاصل مَنْ یَّخْشٰی یُس منز خشیت و خوف خدا آسہِ وَ یَتَجَنَّبُہَا دور تہٕ محروم روزہ تمہٕ نِش سُوی الْاَشْقٰی یُس شقیٚ ازل تہٕ بدبخت آسہِ الَّذِیْ یُس یَصْلَی داخل چھو سپدُن النَّارَ الْکُبْرٰی بڈس خطرناک نارس یعنی نارِ جہنمس اندر ثُمَّ لَا یَمُوْتُ فِیْہَا تو پتہٕ تمِس نہٕ چھو مرُن ادہٕ تت منز اکیازہ مرِت چھو نسان تکلیفو تہٕ مصیبتو نِش آزاد سپدان۔ مگر تمِس چھہٕ تمہٕ ضرور تکن وَلَا یَحْیٰی نہٕ بیہ زندہ سپدِن تکیازِ اصل حقیقی زندگی چھہٕ وصالِ الٰہی تہٕ دیدارِ خدا۔ سو تمن جہنمین نصیب چھُنہٕ قَدْ اَفْلَحَ بیشک سپُن کامیاب تہٕ بامراد سو شخص مَنْ تَزَکّٰی یم پنُن اصلاح کرِت تزکیۂ نفس کرُ۔ کنہٕ تسبیح کانہٕ الآیش تت منز نفسِ امارچ تھاوُن نہٕ وَذَکَرَ اسْمَ رَبِّہٖ بیہ کرُن یاد پننس پروردگارُ سُند نام پاک گرِہ گرِہ۔ بہر جا کرُن تسندی ربوبیتُک تبلیغ و تذکرہ۔ بیہ کرِن آگاہ لوک یتھ کنہٕ پٹھ زِہ۔ تربیت کران کران اعلیٰ مقامس پٹھ اگر کانہٕ واتناوُن والو چھو۔ سو چھو بس حضرت رب العالمین فَصَلّٰی بیہٕ کرِن بدنی عبادت تہٕ سیت سیت۔ یعنی عملی نمونہ تہٕ ہاوُن رتو۔ نمازہٕ پرُن۔ بَلْ تُؤْثِرُوْنَ لیکن تُہہٕ چھو ترجیح تہٕ فوقیت دِوان اصلاحِ نفس کرنس پٹھ الْحَیٰوۃَ الدُّنْیَا دنیاوی زندگی وَالْاٰخِرَۃُ خَیْرٌ حالانکہ آخرتھی گھرٕہ دنیا خوٚتہٕ خیر و برکت والو۔ بیہٕ بہتر تہٕ افضل وَّاَبْقٰی بیہ باقی روزہ وٕن تہٕ پوشہ وُن اِنَّ ھٰذَا یقیناً آسو یہوی نکتۂ معرفت یہوی کامیاب سپدنُک اصول لِہ وَلَمْ تُ لَفِی الصُّحُفِ الْاُوْلٰی برونٹھمن صحیفن یعنی الہامی کتابن اندر تہٕ صُحُفِ اِبْرٰہِیْمَ صحیفۂ ابراہیمس منز تہٕ وَمُوْسٰی بیہ صحیفۂ موسیٰ یعنی توراتس منز تہٕ۔ مگر تُہی چھو نہٕ اتھ کُن توجہ دِوان۔ بلکہ چھو تُہہ دنیا سی سیت مشغول۔

سُوْرَۃُ الْغَاشِیَہ | بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | مَکِّیَۃ

یتھ سورۂ شریفس منز تہٕ چھو یہ کتھہٕ ہند اشارہ۔ زہ یم لوک نہٕ پنُن تزکیۂ نفس چھہٕ کران۔ دنیاسی سیت چھہٕ مشغول روزان۔ تہندہ خطرہ چھو آخراک وقتہٕ یوہ وُن یتہٕ منز تِم تتھہٕ مصیبتس منز گرفتار سپدن۔ یمہٕ نِش تِم بچُن پڑہان آس۔ سیٚے پیٚٹھک لُنہٕ۔

چنانچہ چھُو اللہ تعالیٰ فرماوان هَلْ اَتٰىكَ کیا ژٕ چھیہِ واتمژ حَدِيثُ الْغَاشِيَةِ
دلنہ یوہ وُنہٕ آفتچ تہٕ مصیبتچ ۔ یِہ غافلن رنگہ رنگہ یوہ وُن چھُہ ۔ خصوصاً درروز قیامت
وُجُوہٌ کیتاہ بُتھہ آسن یا کیتاہ بُتھہ دار آسن يَوْمَئِذٍ تمہ دوہہ خَاشِعَةٌ خوار
وذلیل عَامِلَةٌ کارکُن تہٕ ۔ بیہ محنت کرن والِ در دنیا ۔ عذابچ مشقت تہٕ سختی برداشت
کرن والِ در عُقبیٰ ۔ نَاصِبَةٌ تھکت تہٕ ژھنت یِنہٕ والِ تَصْلٰى نَارًا تِمے اژن
نارس حَامِيَةً سخت گرم تہٕ دزہ وُلِنِس ۔ سوخت کرہ وُلِنِس تُسْقٰى تریش یِیک
دِنہٕ مِنْ عَيْنٍ تمی ناگہ آنِچ ۔ اٰنِيَةٍ یُس گرٕ ہنگہ دِدہ وُن آسہ لَيْسَ لَهُمْ طَعَامٌ
تِہِندہ خیطرہ آسِہنہٕ کینہہ خوراک اِلَّا مِنْ ضَرِيعٍ مگر خار تہٕ کُنٹہ لَا يُسْمِنُ
یُس نہٕ وُتھراوِنک پوٹھراوِنک وَلَا يُغْنِي بیہ یُس نہٕ کانہہ کفایت کرنک مِنْ جُوعٍ
بچھہ نِش ۔ مطلب کہ دنیا تہٕ بیہ تمک خواہشات وآرزو چھہ در حقیقت کُنٹہ دوُچھ ۔ یم
بظاہر انسانس اگرچہ وُتھراوان تہٕ پوٹھراوان چھہ ۔ لیکن روحانی رنگس منز چھنہ
تمس کُنہٕ قسمکو کانہہ نفع و فائدہ دِوان ۔ مزید بران چھنہ تو تہٕ تمن دنیاوی خواہشاتن
منز بچھ بند سپدان ۔ بلکہ چھکو روز بروز طمع و حرصک نار زیادہ خوتہٕ زیادہ بڑان
تہٕ شعد زن سپدان ۔ وُجُوهٌ يَوْمَئِذٍ کینہہ بُتھہ یا کینہہ بُتھہ دار آسن تمہ دوہہ نَاعِمَةٌ
تروتازہ لِسَعْيِهَا پننہ کارکردگی پیٹھ یا پننہ کار کردگی ہندہ سببہ آسن رَاضِيَةٌ
خوش تہٕ خورم ۔ شاد و فرحان ۔ فِي جَنَّةٍ عَالِيَةٍ اکِس اعلیٰ قسمکس عظیم الشان بہشت برینس
منز آسن لَا تَسْمَعُ فِيهَا یت اندر نہٕ تم بوزن لَاغِيَةً کُنہٕ قسمکو کانہہ لغو تہٕ بیہودہ
کلام ۔ یُس تمن کُنہٕ موجب رنج و غم یا سبب تکلیف آسہِ ۔ فِيهَا عَيْنٌ جَارِيَةٌ تت
جنتس منز آسن چشمہ تہٕ جاری ۔ یم تِہندِن چشمن ہندہ خیطرہ موجب طراوت آسن
فِيهَا سُرُرٌ بیہ آسن تت منز تخت مَرْفُوعَةٌ تھزٕ جائن تھاوِنہٕ آمِت
یمن پیٹھ تم بیہت آسن وَاَكْوَابٌ بیہ آبخورہ تہٕ گلاس خوبصورت مَوْضُوعَةٌ
سجاوِت تھاوِنہٕ آمِت تِہندہ ترپیٹھ خیطرہ وَنَمَارِقُ بیہ گاؤ تکیہ یعنی بُنٹہ تہٕ
تھٕدٕ ثانہ گُنڈ مَصْفُوفَةٌ قطارس تہٕ لینِہ منز ۔ سیت سیت لاگِتھ تھاوِمت
تِہندہ آرام تہٕ ڈھکو نراونہٕ خیطرہ وَزَرَابِيُّ بیہ نہایت اعلیٰ تہٕ فاخرانہ خوبصورت
فرش مَبْثُوثَةٌ وَتھراوِت اَفَلَا يَنْظُرُونَ کیا یم چھنا وُچھان اِلَى الْاِبِلِ

اوٗنٹس کُن کَیْفَ کِتھ کِن خُلِقَتْ آو سو پیدہ کرنہ وَاِلَی السَّمَآءِ بیہ آسمانن کُن
کَیْفَ رُفِعَتْ کِتھ کِن آو سو بلند نہ تھٕدٕ بے زنجیرنہٕ بے ستون رٹنہ وَاِلَی الْجِبَالِ بیہ
بمن کوہن کُن کَیْفَ نُصِبَتْ کِتھ کِن آے برزمین نصب کرنہ نہ استادہ تھاوٕنہ
وَاِلَی الْاَرْضِ بیہ زمینس کُن کَیْفَ سُطِحَتْ کِتھ کِنہ آو وتھرنہ ۔ پس ییٚ خدا ییٚم چیز تنگ بناوٕن ۔ تس ژِش کیا چھ یمٕ نعماے جنّت بناوِن مشکل ۔ تُہہ تیٚ اگر پن اصلاح کرِت تزکیۂ نفس کریونہ ۔ اوٗنٹہ سند پاٹھٕ بنیو مطیع و فرمانبردار ۔ ابرک پاٹھ سپدیو سخی ۔ آسمانک پاٹھن رفیع القدر نہ عالی مرتبہ ۔ کوہن ہند پاٹھ مستقل مزاج ۔ زمینک پاٹھن فراخ دل ۔ پتہ سپدِ یو جنّتس منز اَزِت یمنی مذکورہ نعمتن ہند تُہہ نہ وارث ۔
فَذَكِّرْ تُہہ کرِیو خلقن وعظ و نصیحت یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم اِنَّمَا اَنْتَ مُذَكِّرٌ تہیٚ چھو واعظ و مبلّغی بناوت سوزنہ آمت لَسْتَ عَلَيْهِمْ تُہہ تمن پیٹھ چھو نہ بِمُصَيْطِرٍ کنہہ جابر داروغہ سوزنہ آمت ۔ زِہ زورہ چھ مانہ ناوِن ۔ یا جبر و اکراہ چھکو کرن ۔ نہ لَا اِكْرَاهَ فِي الدِّيْنِ دین مانناوٕنس منز جبر چھُنہ ۔ بلکہ مَنْ شَآءَ فَلْيُؤْمِنْ ۔ یس پسند یِیہ ۔ سو کرِن ایمان قبول ۔ وَمَنْ شَآءَ فَلْيَكْفُرْ یس خوش کرِ سو روزِن ہنسی کفرس پیٹھ ۔ مگر تُہہ چھ تمن وعظ و نصیحت کرن نہ وحیِ الٰہی تمن بوزہ ناوِن کوم تکیازہ مَا عَلَی الرَّسُوْلِ اِلَّا الْبَلَاغُ الْمُبِيْنُ ۔ اِلَّا مَنْ تَوَلّٰی لیکن یُس شخص روگردانی کرِہ نہ بُتھو پھِرہ حق ماننہ نہ قبول کرہ نہ وَكَفَرَ بیہ کرِہ انکار نت ۔
کفرسی پیٹھ روزِہ فَيُعَذِّبُهُ اللّٰهُ تس دِیہ عذاب اللہ تعالیٰ عَذَابَ الْاَكْبَرَ نہایت بُڈٕ سخت عذاب اِنَّ اِلَيْنَا یقیناً چھو تِمی ژِش اِيَابَهُمْ تمن یُن نہ حاضر پیدُن ثُمَّ اِنَّ عَلَيْنَا تو پتن چھو بیٚز پاٹھ تِمی حِسَابَهُمْ تمہند حساب کتاب نِہ وچھُن ۔ ژلنس وتھ کانہ چھکنہ ۔ موکلنس صورت چھکنہ ۔ ضرور سپدن عذابس مبتلا نہ گرفتار ۔

| سُوْرَةُ الْفَجْرِ | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | مَكِّيَّة |
| --- | --- | --- |

وَالْفَجْرِ صبحکو قسم یعنی صُبح چھو گواہ ۔ کُس صبح ۔ یس ماہ رمضانکِس آخری دہن یا ماہِ ذی الحج کِس گنڈ تلِن دہن ہند صبح چھو ۔ نتہ یمہ صبحہ حاجی لوک از مقام مزدلفہ بمقام منیٰ نیران چھ ۔ یا یُس شب قدرہ ہند صبح چھو وَلَيَالٍ عَشْرٍ

بیہٕ دہہ شب - یمہٕ گے ماہ رمضان کہٕ آخری دٕہہ شب - یا ماہ ذی الحجک گنڈٕ نک دہہ شب وَالشَّفْعِ بیہٕ جفت یعنی مخلوق - یسہٕ نر و مادہ چھہ بناونہ آمٕژ وَالْوَتْرِ بیہٕ طاق یعنی خدای واحد لاشریک - یُس بے زوج تہٕ یگانہ چھو - مطلب کہٕ یکہٕ نہٕ تھہٕ نزہ جسمانی ترقیہٕ ہنٛز جور یس ورای امکان ہیکن سپدتھ - روحانی ترقی گژھ کنہٕ ہیکہ ادہ خدای واحد لاشریکس سیت تعلق پیدہ کرنہٕ ورای ممکن سپدتھ وَاللَّيْلِ بیہٕ شب اِذَا يَسْرِ بیلہٕ نیرنہٕ لگہ - یعنی بیہٕ رائژ ہند سو آخری وقت - یمہ ساتہ ظلمت تہٕ تاریکی دُور چھہ ہُوان سپدن - روشنی چھہ ہُوان ظاہر تہٕ نمودار گژھن هَلْ فِي ذَٰلِكَ قَسَمٌ اتھ منز چھہ عظیم الشان گواہی پیش آمژ کرنہ - (هَلْ چھو بیٛت یعنی قَدْ) لِّذِي حِجْرٍ عقلمندن ہندہ خیطرہ - بیٛتھو ہم اتھ پیٹھ غور و خوض کرن مقصدس و اتن أَلَمْ تَرَ کیاہ تہہ کرو نا غور تیتھ امرس پیٹھ زہ كَيْفَ فَعَلَ رَبُّكَ کیاہ معاملہ کُر تہند پروردگارن بِعَادٍ عادس سیت اِرَمَ ریٛس اِرم شہرس اندر ارم سند ذِي الْعِمَادِ یم قد آور تہٕ طاقت ور آسہٕ یمن تھزہ تہٕ زیچھہ عمارژ آسہ - یہند تصرف نہایت دُور دُور تام پھیلیومُت آسو الَّتِي لَمْ يُخْلَقْ مِثْلُهَا یمن ہیو نہ کانہہ صاحب جبروت پیدے سپُد کُمت آسو فِي الْبِلَادِ شہرن اندر وَثَمُودَ بیہٕ ثمودس سیت الَّذِينَ جَابُوا الصَّخْرَ یمو ژٹ کوہن ہند بنڈ بنڈ وٹھ بِالْوَادِ وادی منز وَفِرْعَوْنَ بیہٕ فرعونس سیت ذِي الْأَوْتَادِ یُس سٕتھاہ فوجہ والو نہ لشکرہ والو آسو - جایہ جایہ یہند فوجن کیچھہ دِیٕ دِیٕ خیمہ دِتمت آسہ - مطلب کہ باوجود عظیم الشان تہٕ صاحب جبروت و طاقت آست تہٕ کُرن یم فنا تہٕ تباہ - کیازہ - تمکو وجہ چھوئی زہ - الَّذِينَ طَغَوْا تمو آسو طغیان کُرمُت - تم اسہ سرکش سپنمت - تہ حدہ آسہ گیمت نیرت - فِي الْبِلَادِ شہرن اندر فَأَكْثَرُوا فِيهَا الْفَسَادَ اکثر آسہ تم تمن اندر فساد کران - صلاحیت تہٕ بہتری ہنز نہ کانہہ کوشش کران فَصَبَّ عَلَيْهِمْ رَبُّكَ پس تراو چان پروردگارن تمن پیٹھ سَوْطَ عَذَابٍ بُڈ سخت خاص قسمک اک عذابہ - یمہ سیتن تم تباہ تہٕ ہلاک سپن إِنَّ رَبَّكَ یقیناً چھو چانو مربی چانو پروردگار لَبِالْمِرْصَادِ چانِ حفاظت تہٕ راچھ کران - پس تیتھ کن ہُم باغی تباہ تہٕ ہلاک کرم - پتھے کن کیاہ کرک یم چان مخالف دشمن تہٕ ناکام و نامراد - بیہٕ تباہ تہٕ ہلاک - فَأَمَّا الْإِنسَانُ لیکن انسان سُنز حالت چھہ

یژھی زِہ اِذَا مَا یِمہ ساتہ ابْتَلٰہُ رَبُّہٗ تس پنُن پروردگار کِنہ چیزس منز آزماوان تہ امتحان کران چھو فَاَکْرَمَہٗ تو پنہ چھُس اکرام وعزت دِوان وَنَعَّمَہٗ بیہ نعمت عطا فرماوان فَیَقُوْلُ تمہ ساتہ چھو وَنان رَبِّیْ اَکْرَمَنِ پنن پروردگارن کرِم اکرام تہ بخشش ۔ پنن مُرتبین بناوس معزز وَاَمَّآ اِذَا مَا لیکن یِٹِلہ بیہ کِنہ وقتہ ابْتَلٰہُ سو تس امتحان کران تہ آزماوان چھو فَقَدَرَ عَلَیْہِ رِزْقَہٗ اَتی چھُس تنگی رزق کران فَیَقُوْلُ وَنان چھو رَبِّیْ اَھَانَنِ پروردگارن کرُس خوار وذلیل۔ مطلب کہ یِٹِلہ کینہہ نادارس اللہ تعالےٰ دِوان چھو۔ عاد وثمود بیہ فرعون سند پاٹھن چھو دعوٰی دِوان ۔ خلق خدایس چھو تکالیف واتناوان ۔ لیکن ادہ یِٹِلہ سو تس نااہل زانت یہ دولت وثروت بیہ جودت وطاقت نِوان چھو ۔ درحالت ذلت تراوان چھُس ہوان چھو خداوند تعالٰس پیٹھ شکایات کرنہ ۔ حالانکہ تس نادانس چھُنہ تگان بوزُن نہ یِئے پانئے پانس کرُم ۔ تکیازہ یم ثِتھو ؤُ ۔ تم تِتھو لوُن ۔ پس شکایتھ کینہہ منز کوُدہ خیطرہ کَلَّا یمہ سارے تہنزہ شکایات کرنہ چھَہ بیہودہ ۔ تکیازہ بَلْ لَّا تُکْرِمُوْنَ الْیَتِیْمَ تہہ کرُو نہ یتیمس تکریم وعزت ۔ حالانکہ تُہہ نہ آسیو تیمی ۔ مگر تُہہ تُسند کانھہ تہ پرواہ کرُو نہ بلکہ زانیو یتی پانچ بہتری پنُنوی خیر ۔ وَلَا تَحٰٓضُّوْنَ بیہ آسیو نہ تُہہ اک اَکس ترغیب تہ شوق دِوان عَلٰی طَعَامِ الْمِسْکِیْنِ مسکینس کھیاوُنس چاوُنس پیٹھ وَ تَاْکُلُوْنَ التُّرَاثَ بیہ چھو کھیوان مالِ میراث اَکْلًا کھیٔنہ پاٹھ لَّمًّا سُنبہر سُنبہر بلوت گلوت ۔ یعنی حلال وحرامُک نہ تمیزی تھاوان وَّتُحِبُّوْنَ الْمَالَ بیہ چھو تُہہ ٹوٹھ تھاوان تہ یژہان حُبًّا تِتھ کِنہ ۔ ییتھ کِن کانھہ یژھن والو یژہان چھو جَمًّا سوی بجید پاٹھ بے محنت تہ مفتس منز کَلَّآ گر فضول تہ بیفائدہ چھو کران ۔ یہ چھا پوشہ وُن ۔ یہ چھا پیش خدا بکار بوہ وُن ۔ نہ ہرگز نہ اِذَا دُکَّتِ الْاَرْضُ دَکًّا دَکًّا یِٹِلہ زمین خوب گرہ ٹکرہ یِئہ کرنہ ۔ زلزلہ عظیم سپدہ ۔ یمہ قسمک لوکِ ین تباہ تہ فنا کرنہ وَّجَآءَ رَبُّکَ بیہ یِئہ چانو پروردگا یعنی شانِ آلٰہی سپدہ نِوِس رنگس منز ظاہر ۔ حق لبہ فتح ۔ بیتی لوک سپدن مغلوب وَالْمَلَکُ بیہ ین ملائکہ یعنی آسمانی لوک گھڑن دردنیا سپدہ ۔ تم گے بندگانِ خدا ۔ یم ملک سیرت آسن صَفًّا صَفًّا یِتے آسن صف بستہ قطارن اندر یعنی امر خدا آسن تم در ہر رنگ بدل جان بجا انہ وُن ۔ انقلاب عظیم سپدہ ۔ قیامت سپدہ برپا ۔ وَجِایْٓءَ یَوْمَئِذٍ

بِجَهَنَّمَ بِیہٕ یِیہٕ اَنٛنہ تِمہٕ دوہہ تہ تِمہٕ وقتہ جہنّم۔ یُس بدکردارو ہِنٛنہ بدکاری سیت پانٛنے
بناوِت نہ ٹِیار کرُت تھاوُمُت آسہ یَوۡمَئِذٍ تِمہ دُوہ یَتَذَکَّرُ الۡاِنۡسَانُ یاد کرِہ
انسان پنٕن اعمال بد۔ بیہٕ رٹہ نصیحت نہ پچھتاوِہ وَاَنّٰی لَهُ الذِّكۡرٰی لیکن تِمہ ساتہ
نصیحت رٹن نہ پچھتاوُن کیا فائدہ دِیس یَقُوۡلُ وَنہ یٰلَیۡتَنِیۡ ای کاشکے قَدَّمۡتُ
برُونٛہہ آسہم کنٛہہ سوزِت تھاوُمُت۔ از اعمال صالحہ لِحَیَاتِیۡ پنٕنہ زندگی ہندہ خیطرہ
یُس یتھ بکار پییہم۔ درماندہ گژھہ پنہ فَیَوۡمَئِذٍ پس تِہ دوہ لَا یُعَذِّبُ عَذَابَهٗ
دِیہ نہ تِمسند ہیو عذاب اَحَدٌ کانٛہہ اکھا تہ وَلَا یُوۡثِقُ وَثَاقَهٗ بیہ گنٛنڈ نہ تہ گرفتار کرِہ نہ
تِمُسند ہیو اَحَدٌ کانٛہہ تہ۔ مطلب کہ خدای تعالی سنٛز گرفت چھےٚ نہایت خطرناک تہ
سخت یٰۤاَیَّتُهَا النَّفۡسُ الۡمُطۡمَئِنَّةُ اے نفس مُطمئنہ۔ مطلب کہ یم لوک تمام راتن شب
خیزی تہ شب بیداری چھہ یادِ خدا کرنہ خیطرہ کران۔ صبح و شام در ذکر الٰہی مشغول آسان۔
خواہ تِم ماہ رمضانک آخری شب آستن۔ خواہ ماہ ذی الحجک گوڈنک شب۔ خواہ تِموٚو رائے
بیہ کانٛہہ شب۔ تمن لوکن چھو پورٕ تسلی تہ پورٕ اطمینانِ قلب آسان۔ زہ یِہ چھو دیدارِ خدا
کرُن۔ تتہ بہشتِ برینس منٛز یقیناً داخل سپدُن۔ یُس یِہ پانٛنے اعمال صالح کرٕ کرٕ پنٕنیو اکھو
تیار کرُتھ بناوُ۔ سان عمل کانٛہہ ضایع ہرگز ہرگز سپد نہ۔ تکیازہ خدا تعالے تِمسندے وعدہ
چھو اَلَا بِذِکۡرِ اللّٰهِ تَطۡمَئِنُّ الۡقُلُوۡبُ۔ زہ ذکر الٰہی کرنہ سیت چھو اطمینان قلب حاصل سپدان
ارۡجِعِیۡۤ اِلٰی رَبِّكِ رجوع کر پنٕنس پروردگارس کن۔ پتھ سپن بحضور خدای عز و جل رَاضِیَةً
راضی۔ بیہ خوش تہ خورم۔ تکیازہ چان عمل کانٛہہ تِم ضایع کرُنہ مَّرۡضِیَّةً سُو تِہ چھو
زِہ یتھ راضی تکیازہ تِمسند امر مانُت۔ فرمانبرداری کرِتھس۔ بجا انٛتھس حکم
تیلہ بحضور خدا پیش سپدہ۔ فرماوِتھ اللہ تعالے فَادۡخُلِیۡ فِیۡ عِبٰدِیۡ گژھ میانٛن
بندن منٛز اَتھ وَادۡخُلِیۡ جَنَّتِیۡ بیہ اَژھ میانِس جنتس منٛز۔ یُس مِنہ پنٕنٛن بندن
ہندہ خیطرہ تیار تھاوُمت تہ بناوُمُت چھو۔

سُوۡرَةُ الۡبَلَدِ | بِسۡمِ اللّٰهِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِيۡمِ | مَكِّيَّةٌ

لَاۤ اُقۡسِمُ قسم چھم بِهٰذَا الۡبَلَدِ یِمہ شہرُک۔ مطلب کہ شہادت دِتھس تہ گواہی ہندس
رنگس منٛز چھسے بوزِہ یِہ شہرکہ پیش کران یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ آلہ وسلم
وَاَنۡتَ حِلٌّۢ بِهٰذَا الۡبَلَدِ بیہ چھو تِہ حلال انٛنہ آمت یتھ شہرس اندر۔ یعنی کہ یت

منز نہ کُنہِ قسمکو کانھہ گٔنٛڈ تامت نہ زٔٹُن حلال نہ جایز چھو۔ تتھ اندر چھہ
تُہند دشمن نہ مخالف تہٕہ قتل کرُن حلال زانان۔ توے چھو تِم توٗہہ رنگارنگ
تکالیف وایذا واتناوان۔ تُتھ لفظ حِلّس اندر چھہ بیٚنہ پیشگوئی پوشیدہ۔ زِ توٗہہ
یِیِہ تِمن مخالفن سیت جنگ کرنک تہِ اجازت دِنہ۔ بیٚتہٕ چھو تُتھ اندر مخفی زِ۔ توٗہی
آسیو آخریت شہرس اندر بحیثیت فاتح اعظم داخل سپدت یُن نہ لسُن وَوَالِدٍ بیٚیہ
چھو گواہ والد۔ سو گو حضرت آدم۔ یا حضرت ابینا ابراہیم علی نبینا وعلیہم السلام وَمَا
وَلَدَ بیٚیہ سو یُس تس زاوُ۔ سو گو اولاد آدم۔ نتہ اولاد ابراہیم یعنی حضرت اسماعیل
ذبیح اللہ علیہم الصلوٰۃ والسلام لَقَدْ خَلَقْنَا الْاِنْسَانَ یقیناً کُرُن تٔسہ پیدہ انسان فِی
کَبَدٍ مشقت تَلنہ خیطرہ۔ تکیازِ بنٛو تامت نہ سو مشقت تُلہ۔ تنٛو تامت سو درجات
ترقی ہرگز ہرگز حاصل کرِنہ۔ نہ ہیکہ سو بیٚیہ تکالیف شاقہ تُلِت تہ کمال حاصل کرت۔
پس یُس انسان نہٕ تکالیف و مشکلات تُلہ۔ کامیاب تہِ سپدِ نہ۔ غرض چھو یہ بیان فرماونہ
تلہٕ ئی زِ۔ آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم یِت امرس پیٹھ آگاہ و خبردار کرِن زِ۔ توٗہہ
چھہ وُن سٹھاہ تکالیف شدیدہ تُتھ وُچھن۔ خصوصاً تُہندن متبعن تہ۔ مگر تُتھ اندر
چھہ تُہنز فلاحت و کامیابی مخفی تہ پوشیدہ اَیَحْسَبُ کیا ہمِس مخالفس چھا یہ خیال
اَنْ لَّنْ یَّقْدِرَ عَلَیْہِ اَحَدٌ زِ تمِس پیٹھ کیا چھنہ کینہہ تہ قدرت و طاقت۔ یعنی
تمندٕن منصوبن نہ تمندن فساد و بغاوت پھیلاوُنس پیٹھ کیا ہیکہ نہ کانھہ قادر
و غالب سپدِت۔ یہ کانھہ نیست و نابود کرِت یَقُوْلُ بر ونٛتھ ییٚن ونہ وقتہ اکہ۔
اَھْلَکْتُ مِہ کٔر برباد تہ تباہ آنحضرتن ۲ ہندس مخالفتس اندر مَالًا لُّبَدًا سٹھاہ
مال نہ سٹھاہ دولت۔ مطلب کہ یِلہِ مخالفین آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمن منٛز
روز بروز ترقی سپدان۔ خصوصاً دین اسلامس دوہہ خو تہ دوہہ عروج و کمال
سپدان وُچھن۔ اَتی وُن بجایے خود۔ یوت مال و دولت کُرُتٔسہ تمندِس مخالفتس
اندر تباہ تہ برباد۔ مگر کانھہ فائدہ دراو نہ تٔسہ۔ نہ سپُن تٔسہ کانھہ کامیابی حاصل
اَیَحْسَبُ کیا ہمِس اُسو گمان اَنْ لَّمْ یَرَہٗ اَحَدٌ زِ تمِس کیا اوسنہ کینہہ وُچھان
اَلَمْ نَجْعَلْ لَّہٗ عَیْنَیْنِ کیا تٔسہ بناوِ نا تمِس چھہ زِ۔ وَلِسَانًا یہ زبان وَشَفَتَیْنِ
یہ وُٹھ زِ۔ پس کو نہ کرُن تُچھوتہ یہ تمہ زبان سیت تحقیق حق وَھَدَیْنٰہُ بیٚیہ تٔسہ

مٿس ھاڻي مٿ آسو اَلنَّجْدَيْنِ ٻه ڏسائون ڏيکاريون ڏٺيون - يعني ٻنهي ھنڌ غايت ۽ انجام
يعني حق ۽ باطل - ٻنهي جي حسن ۽ قبح کان سارو ئي ٻڌايو اٿس ھاڻي مٿ آسو - فَلاَ
اقْتَحَمَ پس ڪيائين ڪرڻ نه همت ھڪڙي گھاٽيءَ اَلْعَقَبَةَ اٿو دشوار گذار ٿڪڙو ڏاڍو
پيٽ وَمَا اَدْرٰكَ مَا الْعَقَبَةُ ڇا ٿو ڪري معلوم ٿئي توکي ته دشوار ڏاڍي ڪيا ڇو
مطلب ته دين اسلام ۾ تمام دين کان نهايت ارفع ۽ اعلى - اٿو اندر داخل ٿيڻ ۾
ڏاڍو مشڪلات برداشت ڪرڻ - تڪليف ٿين - دشوار گذار مقام ۾ ٿين - پيٽو ٽمڪس
مقصد ۾ وڃي - مشقت ٿين ۽ ڪائي شخص منزل مقصود ۾ هرگز هرگز وڃي نه -
پس چونکه مخالفين يا ڪاھل وجود لوڪ ڇهه ڏهاڻي پاڻ کي رنگه ڪائي تڪليف وڃي
بلکه ڇهه آسان ۾ آرام طلب - لهذا ڇهه ۾ اَخْلَدَ اِلَى الْاَرْضِ يعني پنهنجي نفساني نشين
ڪني زياده ميلان ته توجه ڪرڻ - ترقي هنڌ اعلى مقام ۾ پيٽ کي نڪ ته وڃي نڪ
ڪائي ٿي خيال ڇهه آسان - توئي ڪن ڇهه ۾ ڏوهو سفلي ته پست خيال منزل
روزت صداقت لبنه نٿي محروم رهزان - منزل مقصود حاصل ڪرڻ نٿي ناڪام ۽ نامراد
پيدا - وٽن ڇو خداوند ڪريم خود پاڻ لفظ الْعَقَبَةُ تشريح فرماوان - فرماوان ڇو
اَلْعَقَبَةَ گو فَكُّ آزاد ڪرڻ ته موڪلاون رَقَبَةٍ ڪردن - ڪمپيش - شرڪيش -
ٻنهي مخالفت نه دشمني ڪرڻ نٿي - ناحق ڪينه ضد ۽ عداوت ٿيو نه نٿي از عذاب
الٰهي نفس بچاؤ نه نٿي بلکه باقي بندگان خدا ته مصائب ۾ مشڪلاتون نٿي - يم چنگس تڪ
لگمت آسن ڇهه ۾ نٿي - اَوْ اِطْعَامٌ يا کهاون ته چاون يعني خبرگيري ڪرڻ فِيْ
يَوْمٍ ذِيْ مَسْغَبَةٍ بکيه ھنڌ ۾ ڏوهي منز - ڪن يَتِيْمًا تن يتيمن ته بي ڪس
ذَا مَقْرَبَةٍ ٻن قريبي آسه اَوْ مِسْكِيْنًا يا ڪائي مسڪين ذَا مَتْرَبَةٍ ٻن
خاڪس سيت ميولمٿ آسه - پس خاڪ سپمت آسه - پس ٿي حالت ناگفته به آسه
ثُمَّ توپته مزيد بران ڪَانَ پيدن ته بڻن مِنَ الَّذِيْنَ ٿيو لوڳو منزدا اٰمَنُوْا
ٿيو ايمان اٿو - يم پخته مومن سين - يمن معرفت ۽ شناخت خدا و رسول خدا صلى الله
عليه وآله وسلم حاصل سيُن - وَتَوَاصَوْا ٻيئه ڪرڪ وصيت نه نصيحت اڪ اڪس بِالصَّبْرِ
مشڪلاتن ته مصائبن پيٽ صبر ڪرينچ - ٻيئه حقس پيٽ استقامت نه ڏاڍ ڪرينچ
ٻيئه ثابت قدم روڻيچ وَتَوَاصَوْا بِالْمَرْحَمَةِ ٻيئه ڪرڪ نصيحت اڪ اڪس مخلوق خدا ٻس

پيٽ رحمت وشفقت ڪريج - ٻيو ٻهرڪس رُتو ڪريج اُولٰئِكَ ئي لوڪ ڪيا گئے اَصْحٰبُ
الْمَيْمَنَةِ يمن و برڪت وال نه نيڪ بخت وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْا ليڪن جيو لوڪو ڪفر ڪُرَ ته
انڪار ڪُرَ بِاٰيٰتِنَا سانئن آيات و نشانن دِ تم آيات الله گے وحي الٰهي - رسول تي پيغمبر بزرگانِ دين
ٻيه دوستان خدا ۾ هُمْ اَصْحٰبُ الْمَشْئَمَةِ تم گے شامت و نحوست وال نه بدبخت -
عَلَيْهِمْ نَارٌ تنن پيٺ چھونار مُّؤْصَدَةٌ بند ڪرنه آمُت - مطلب ڪه تم ين نارس
اندر نزاو نه - نه نڪھ اندرين رتن جهنمڪ دروازه بند ڪرنه - نير پنج نه ژليج گُنه ڪنِ
ڪالھ صورت آسنگھنم

| سُوْرَةُ الشَّمْسِ | بِسْمِ اللهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | مَكِّيَّةٌ |
|---|---|---|

وَالشَّمْسِ گواه چھو آفتاب وَضُحٰهَا ٻيهِ پنج روشني - مگر اشاره چھو از شمس آنحضرت
صلی الله علیه وسلم هندس نبوي ڪمالس ڪُن - يمن در عالم روحانيت حڪم آفتاب عالمتاب
چھو - دُن تا قيامت در دنيا ۾ انوار پھيلن - تم پھيلن تهندي ذات بابرڪاته سيت -
ٻيه تيھ ڪنِ پنج آفتاب جسماني عالمڪ مرڪز چھو - تيھے ڪنِ چھ آن حضرت صلی الله علیه وسلم
نه عالمِ روحانيڪ مرڪز - وَالْقَمَرِ ٻيه زُون اِذَا تَلٰىهَا يلِه سه تمه آفتابچ پيروي
ڪرت روشني حاصل ڪران چھ - مگر اشاره چھو حضرت رسول اڪرم صلی الله علیه وآله وسلمن
هندئن پيروِن ڪُن - يم تهنده وجود باوجود ڪه نوره پڻھن نور توان نه حاصل ڪران
چھ - تم گے اولياء الله - و مجدد دين - ٻيه علماء و صلحاء دين منين - تا دور قيامت در
اُمت محمديه دو هوے وڻھن - رحمة الله عليهم اجمعين - يهنده نورڪ مرڪز آسيه صرف
ذات پاڪ حضرت سرور ڪائنات صلی الله علیه وآله وسلم وَالنَّهَارِ ٻيه دُوھ اِذَا جَلّٰىهَا
يُلِه سونت روشن چھو ڪران - تا ڪه تيھو ٻني نوع انسان اتھ منز فائده تُلنه نه ڪامياب
سپدنه خيطره جد وجهد ڪره وَالَّيْلِ ٻيه رات اِذَا يَغْشٰىهَا يلِه سه تت وَلنه چھ يوان
يعني ٻينه تاريڪي هند پرده نزاوت چھ تس انسانس موجب راحت و آرام ٻيه موجب
سڪون سپدان - دوهس اندر جد وجهد ڪرنه سيت يُس تڪليف وا تمُت چھُس آسان
تت چھُس دور ڪران وَالسَّمَآءِ ٻيه چھو آسمان بطور شهادت پيش ڪران وَمَا بَنٰىهَا
ٻيه تمِڪو بناوُن وچھون - تمِڪس بناوُنس ته پيده ڪرنس پيٺ ڪريو مطالعه - مگر
اشاره چھو ٻيت امرس ڪُن زِه - جد وجهد ٻيه محنت و مشقت تُلنت چھو انسان اَعلٰى

مقامس پیٹھ واتان وَالْاَرْضِ بیہ زمین وَمَا طَحٰهَا بیہ تمکو بناون ۔ مطلب
کہ اعلیٰ مدارج حاصل کرت چھو انسان خاکساری تہ منکسر المزاجی ہند مظہر تام سپدان ۔
تکبازہ ع نہد شاخ بر میوہ سر بر زمین ۔ باپچھو مراد یُ زہ ۔ ییلہ انسان پانہ اعلیٰ
مقامس پیٹھ واتان چھو ۔ مجاہدۂ نفس کرت آسمانی لوکن اندر داخل سپدان چھو ۔ اد
چھو تمن لوکن ہُند نہ اصلاح ہیوان کرُن یم خاکس سیت چھہ آسان میلمت ۔ یہنز حالت
نہایت خراب تہ تباہ چھہ آسان وَنَفْسٍ بیہ نفس انسان گواہ وَمَا سَوّٰهَا
بیہ تمکو تکمیل ۔ پس ییلہ س انسانس تکمیل نفس چھو سپدان فَاَلْهَمَهَا اتی چھوس خداوند
تعالیٰ فکرہ منز تہ فہمس اندر تراوان ۔ زہ فُجُوْرَهَا اتھ نفس کتھ کیاہ چھوی کچھ
وَتَقْوٰهَا بیہ کیاہ چھوی اتھ کتھ تقوی تہ طہارتک موجب ۔ یعنی کیہ سیت ترک تہ کیہ سیت
مرک ۔ کیہ سیت سپدک کامیاب تہ کیہ سیت سپدک ناکام قَدْ اَفْلَحَ بیشک سپن سو شخص
کامیاب مَنْ زَكّٰهَا یم اتھ نفس تزکیہ کُر ۔ یعنی یم اعمال صالحہ کرِ کرِ یہ نفس ترٗہ رادٔ تہ
اعلیٰ مقامس پیٹھ واتناو وَقَدْ خَابَ ناکام و نامراد سپن سو شخص مَنْ دَسّٰهَا یم سو
دباؤ تہ تل رٹو ۔ یعنی یمنہ نت ترقی کرنہ دژ ۔ یمنہ نت اعلیٰ مقامس پیٹھ واتنہ دتو ۔ یعنی یس تخم تُہیں
ہیول خداوند کریمن تسندس نفس اندر ودیعت کُرمت تہ تراومت آسو ۔ تت تخمس نہ یم از اعمال
صالحہ آبپاشی کرت نشو و نما دِتو ۔ سو تخم سپن ضایع پیس سُہ سو تسندہ ترقی ہُند تخم ضایع سپن سیہ
شخص تہ سپن پانے ضایع یقیناً چنانچہ بطور مثال چھو اللہ تعالیٰ ووُن واقعہ اکھ بوزہ ناوان زہ كَذَّبَتْ
ثَمُوْدُ ثمودن کر تکذیب ۔ قانون فطرت مانُن نہ ۔ انکار کرُن حقس بِطَغْوٰىهَا محض
پننہ جہالتکہ طغیان تہ سرکشی سندہ سببہ اِذِ انْبَعَثَ اَشْقٰهَا ییلہ کوشش منز تھیتھ دِتھو
اکھ بُڈ بد بخت اکھ از قوم ثمود ۔ یُ شخص از روی عداوت فَقَالَ لَهُمْ یس تیم ووننِن
یعنی ثمود سندس قومس رَسُوْلُ اللّٰهِ رسول خدا حضرت صالح علیہ السلام من نَاقَةَ
اللّٰهِ خداوند تعالیٰ سنزہ پیدہ کردہ اونٹنہ مہ دیو تکلیف تم بے زبان جانورن کیا
کُرنو وَسُقْيٰهَا بیہ مہ کریوس ترِیش بند ۔ بیہ آو سو شخص حضرت صالح علیہ السلام
سندہ مخالفتہ کہ سببہ تسنزہ سواری ہنزہ اونٹنہ تکلیف و ایذا یوان واتناؤ نہ
ورنہ در حقیقت تس اونٹنہ سندہ تن کانہہ تکلیف اوستہ ۔ فقط اوسو تس یمہ تلہ
ہتوی مقصد ۔ زہ اونٹنہ واتناؤ ہس تکلیف ۔ حضرت صالحس آزہ اوریو ردین

پھیلاو نہ بنہ ہنہ نیرن فکذبوہ لیکن تمو حضرت صالح علیہ السلام سُند بالکل کنھ مانو نہ ۔ بلکہ گرہس تکذیب فعقروھا چنانچہ کرہکھ سہ اونٹن زخمی نہ مارِکھ فدمدم علیہم ربہم پس سوز عذاب تمن پیٹ ہنِ پروردگارن بذنبہم جرم وگناہ کرنکہ سببہ فسوٰیہا سوی عذاب سوزنک کامل تہ پورہ یعنی ملیامیٹ تہ نابود کرن ولا یخاف سو چھنہ کھوژان عقبٰہا تمکہ انجامہ نش ۔ تکیازہ سو بلہ گنہ قومس بدکاری کرنکہ سببہ ہلاک چھو کران ۔ ادہ تمہ بنہ چھو تمن ہندہ خوتہ زیو تہ بہتر تو قومہ پیدہ کران ہندہ بیعت دردنیا حق چھو قایم روزان ۔

| مکیۃ | بسم اللہ الرحمٰن الرحیم | سورۃ اللیل |
|---|---|---|

واللیل رات چھو گواہ اذا یغشٰی ییلہ سہ پردہ چھہ تراوان نہ پننہ ظلمتہ سیت ولان چھہ والنہار بیہ دوہ اذا تجلّٰی ییلہ سو روشن چھو سپدان ۔ یعنی راتہ ہنز کوم چھہ گھٹہ کرن ۔ دوہچ گاش دیو ۔ دوشون چھہ پننِ پننِ کوم بنو بنو ۔ تیتھے کن چھہ حق و باطلچ کوم تہ بنو بنو ۔ یس پز ظلمتچہ کامہ کرہ ۔ نتیجہ لبہ ظلمت ۔ یس نورچہ کامہ کرہ نتیجہ لبہ نور ۔ غرض تیتھو کرہ ۔ تتھو لبہ وما خلق بیہ چھو گواہ تہ ۔ یہ تم پیدہ کرِ الذکر والانثٰی نر و مادہ ۔ مقصد کہ شبس سیت چھو دوہ ۔ گھٹہ سیت چھو گاش ۔ نرس سیت مادہ ۔ غرض کانھہ چیزہ چھنہ دردنیایت نہ پننِ پننِ جورہ سیت چھو ییس سیت میلت سو جسمانی ترقی حاصل کران چھو ۔ پس کتھہ پاٹھن ہکہ سو شخص روحانیتس منز ترقی کرت ۔ یس از خدا تعلق ژٹان چھو ۔ ان سعیکم تہہ ساری ہنز کوشش بیہ تہنزن کوشش ہند نتایج چھہ یقیناً لشتّٰی مختلف نہ الگ الگ ۔ تیتھے کن ییتھ کن دوہچ تہ راتچ ۔ روشنی منز تہ ۔ انہ گھٹہ ہنز ۔ فاما من پس ییم اکھ شخص اعطٰی دتو تہ خرچ کرُ درراہِ خدا بخوشی دل ۔ بیہ وانناون خلق خدایس فائدہ ۔ تیتھے کن ییتھ کنہ شب و روز مخلوقِ خدایس پنُن فائدہ واتناوان چھہ ۔ واتقٰی بیہ رٹن پنن نفس از خواہشات نفسانی پت ۔ درہر رنگ کرُن تقوٰی و پرہیز اختیار ۔ پنن نفس بچاوُن از عذاب الٰہی ۔ مخلوقِ خدایس کنہ قسمکو کانھہ تکلیف واتناوُن نہ ۔ وصدق بیہ کرن تصدیق تہ مانُن ۔ بیہ کرِن پزھ بالحسنٰی پزس تہ رتس کلامس فسنیسرہ بس کرو تس آسان حاصل کرنہ للیسرٰی تمہ سارئے

ونه - یمه سهل وآسانی ہنزه چھ - مطلب که دره‍ر امر کروس سہل وآسان - مشکلات
کروس حل وَاَمَّا مَنْ بَخِلَ لیکن ییم ٹک بخل کرُ ته کنجوسی کرُ وَاسْتَغْنٰی بیه سپُن
بے پروا - خداوندکریس کھوژ نه - وَکَذَّبَ بِالْحُسْنٰی بیه کرِن پزِس تکذیب - یعنی
انکار حق کرنو - سوماننو نه فَسَنُیَسِّرُهٗ پس پکناوون ته بنوون تس سو لِلْعُسْرٰی
مصائبن نه مشکلاتن بیه سختین کُن - مطلب که تس ین دره‍ر امر مشکلاتھی مشکلات پیش
گرفتار آفات وبلیات بیده - یمن اندر تس اده سه جمع کرُمژ مال ودولت خرچ
گھژه ته تباه پیده وَمَا یُغْنِیْ عَنْهُ مَالُهٗ کانھہ فائده چھنه دِوان تس سو مال
ہرگز نه چھنه تس بچاوان سو - نه چھس بیه سو کانھہ وفا کران - تمه سانه اِذَا تَرَدّٰی
یمه سانه سو چھس ہلاک نه تباه بیه ویران گھژهان - یا یمه سانتن سو واپس چھس ھرژهان
بیه چھو تنھوی مفلس محض روزان - یتھو گوڈنی آسو اِنَّ عَلَیْنَا یقیناً چھ سان کوم
بیشک چھو لَه فرض ولازم لَلْهُدٰی فہمایش کرن نه فکره تارُن - کامیابی ہنز ته
فائدچ وتھ ہاون وَاِنَّ لَنَا بیه چھ یقیناً سانی کوم لَلْاٰخِرَةَ پرتِت چیزک انجام
ونتیجه ہاوُن وَالْاُوْلٰی بیه پرتِت چیزک آغاز وابتدا ہاوُن - لہذا یتھو بالضرور
تہِ دراآخرت تمام دنیادی امورن متعلق باز پرُس کرنه - ته پرُژھنه - پس
ترادیو طمع مال دنیاوی - روحانی نعمت ژھانڈیو - رضای الٰہی کریو حاصل فَاَنْذَرْتُکُمْ
پس چھسو بُہ گھوژه ناوان نَارًا نه نار که عذابه ته تکلیف نِشه - تَلَظّٰی یُس دزه وُن
ته شعله زن چھو - تکیازه لَا یَصْلٰهَا تتِ نار جہنمس اژینه کانھہ اِلَّا الْاَشْقٰی مگر سُوی یُس
کمال درجک شقی ته بدبخت آسه اَلَّذِیْ کَذَّبَ ییم اک حق وصداقتس انکار کرُمت آسه
نه اپُرگنژمت آسه وَتَوَلّٰی بیه آسِن تمه نش تھنھو پھرمُت وَسَیُجَنَّبُهَا لیکن بچاونه
ئه تمه نش الْاَتْقَی سوی شخص - یُس تقوی وطہارتس منز کامل ته پور رودمُت آسه
یُس اندر پور خوف خدا آسه - یُس ہر امر قبیح نش پرژ ژت پچھ کامه نش دوُبھو دوُرته پت
رودمُت آسه - یمنه زاه انکار وتکذیب امر ونہی کرمت آسه - اَلَّذِیْ یُؤْتِیْ مَالَهٗ
یُس پنُن مال در راه خدا بغرض اشاعت دین حق دِوان آسه - یَتَزَکّٰی بیه پنُن
تزکیهٔ نفس ته کران آسه - مطلب که مالہ جانه آسه پنن قربانی کران وَمَا لِاَحَدٍ
کینه شخصه سنده خیطره چھنه عِنْدَهٗ تس نش مِنْ نِّعْمَةٍ کانھہ تژھ نعمتھ تُجْزٰی

یمکوتس بدلہ بیٖھ دِنہ ۔ یمکس دلس پیٹھ سو بدلہ حاصل کرنک حقدار تہ مستحق آسہ
تکیازہ یہ چھس۔ نہ چھس ساروی تمی خداین دِتمت اِلّا مگر وُنی یُس یمس بدلہ چھویون
دِنہ ۔ سو چھس محض اوسے خیطرہ یوان دِنہ یہ ۔ اِبْتِغَاءَ سو چھو خواہش کران تہ ژھان
آسان مال وجان قربان کرنس بدل وَجْهِ رَبِّهِ الْأَعْلٰى پننس بڈس پروردگارہ
سندہ رویک دیدار ۔ بیہ منند رضا وَلَسَوْفَ يَرْضٰى چنانچہ کرِہ سو دیدار خدا
لبت تسنز رضامندی تہ خوشنودی حاصل ۔ لہذا وُنی ہیس اکس دیدار خدا کرنک تہ
تسنز رضامندی ژھانڈنکو شوق تہ خواہش آسہ ۔ سو کرِن پننُ مال وجان درراہِ
خدا قربان لِتہ بنہ ۔ اَللّٰهُمَّ ارْزُقْنَا لِقَآئَكَ الْكَرِيْم ۔

سُوْرَةُ الضُّحٰى | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | مَكِّيَّةٌ

وَالضُّحٰى گواہ چھو دوہچ روشنی ۔ یعنی سو وقت یمہ ساتہ آفتابچہ شعاع تہ ژزہ چھ
پیوان ۔ یمہ تلہ چھو اشارہ بزمانۂ آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم ۔ یمہ ساتہ کال درجکہِ
جدّ وجہد کرِ وجہ اسلام تہ بیہ مسلمان خداوند تعالیٰ سنزہ نصرت تہ یاری سیت مالامال
بیدان آسہِ وَالَّيْلِ بیہ رات إِذَا سَجٰى ییلہ سہ سکونس منز ییہ ۔ تہ اکسی حالس
پیٹھ روزت گژھہ ۔ مراد وقتہ اک ییہ اسلامس پیٹھ ۔ ییتہ اندر شبس سیت تت
مشابہت آسہ ۔ یمہ ساتہ سو سکونس اندر آسہ ۔ یہ جدّ وجہد مسلمانن تت اندر
روزنہ ۔ بظاہر سپدہ معلوم ۔ زِہ خداوند کریمن تراؤنچ نصرت ویاری کرن خصوصاً
مسلمانن ہنز تہ ۔ چنانچہ چھو اکس حدیث شریفس اندر آمت بَدَءَ الْإِسْلَامُ غَرِيْبًا وَ
سَيَعُوْدُ غَرِيْبًا کہ زمانہ نبوی پتہ ییہ اسلامس پیٹھ وقتہ اکہ زمانہ غربت ۔ مگر بالآخر
کرِس اللہ تعالیٰ یمہ پننہ فتح ونصرت عطا ۔ تیتھے پانہٕ ژن تراوُنہ ۔ چنانچہ فرماوان چھو
مَا وَدَّعَكَ توہ تراوِتھ نہ یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم رَبُّكَ یمن پروردگارن
وَمَا قَلٰى بیہ نہ سپدو سو تہہ ناراض ۔ مطلب کہ اگرچہ اسلام اکھ غربت وبیکسی ہندس
حالس پیٹھ وانہ تہ ۔ مگر خداوند کریم پیتھے کن تراوِنہ ۔ بلکہ وانہ دُس سو تمہ حالس پیٹھ
یُس مقام لِيُظْهِرَهٗ عَلَى الدِّيْنِ كُلِّهٖ چھو ۔ تمام عالم سپدہ آفتاب رسالتہ سیت منوّر
تہ روشن وَلَلْآخِرَةُ یقیناً چھو پتہ کو انجام تہ نتیجہ خَيْرٌ بہتر تہ افضل
لَّكَ تہندہِ خیطرہ مِنَ الْأُوْلٰى گوڈنکہ حالہ خوتہ ۔ مطلب کہ انجام اسلام آسہ درہرامر بہتر
وَلَسَوْفَ عنقریب تہ جلدی يُعْطِيْكَ رَبُّكَ دِیٖ ژہ یمن پروردگار ژیت برکات و

نغز فترضیٰ زہ راضی وخوش سپدیو۔ غور کرن یت آیہ کریمس پیٹھ مخالفین اسلام۔
کوتاہ چھ تم تمکس نیست ونابود کرنس اندر سعی وکوشش کران۔ کونہ چھ تم کامیاب سپدان
بلکہ چھ اسلام روز بروز ترقی کران۔ بڑن برن قابل لوکن ہند دل چھ فتح کرت حاصل
کران۔ تہ یدخلون فی دین اللہ افواجا روز بروز نظارہ ہاوان۔ اللّٰھم زد فزد ابدا
الم یجدک یتیما کیا خداوند کرین لبونا توہ یتیم فاوٰی مگر تم رچھنو توہ پننس ناہس
منزانت ووجدک بیہ لبنو نا توہ ضالا منفکر ومتحیر بیہ راؤمت یت امرس منز۔
زہ ہمن جہال لوکن ہند کتھ پاٹھن سپدہ اصلاح۔ سائل ہنت آو بحضور خدا فھدی
تم کرو ہدایت عطا۔ یت ہدایتس اندر تہند اصلاح سپد نک تمام امور کافی تہ شافی
پاٹھ مندرج تہ بیان کرنہ آمت چھ ووجدک بیہ لبنو نا تم تہ عائلا خالی دست
فاغنیٰ تمی کر تو پننہ کرم وفضلہ سیت غنی تہ مالامال فاما الیتیم لیکن وئن کینہ یتیمس
فلا تقھر تتھہ زنہ کنہ تشیع کانہہ سختی کرک۔ بلکہ سین زہ ژہ تہ تسند ملجاو وماوٰی
واما السائل بیہ کینہ سائلس کنہ قسمکس فلا تنھر تتھہ ژہ زاہ تنبو بیرک تہ
گرژ کرک۔ بلکہ کرزس حل مشکل۔ حاجت روائی تہ مطلب براری۔ واما بنعمۃ
ربک پس روزے ژہ پننس پروردگارہ سنزہ عطا کردہ نغز فحدث تمن ہند ژھ
دمبدم بیرکس تذکرہ کرن۔ تمو سیت خصوصاً برت کاکھ بہرہ ور کرن۔

| سورۃ الانشراح | بسم اللہ الرحمٰن الرحیم | مکیۃ |
| --- | --- | --- |

الم نشرح لک صدرک کیا اسہ کرنا تہہ انشراح صدر یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ
وآلہ وسلم بنور الٰہی وبنور نبوت۔ کیا دلائلن تہ معارفن بیہ حقایقن ہند سمندر تھاونا
تسہ تہند س سینہ مبارکس اندر۔ کیا اسہ کرنا تہند سینہ مبارک وسیع تہ کشادہ دشمنن
ہند تکالیف تہ بیہ سختیہ برداشت کرنس تہ ژالنس پیٹھ۔ یعنی لاریب تہ یقیناً ووضعنا
عنک بیہ والونا تسہ تہہ وزرک سو تہند بور الذی انقض یم پت کرمت تہ
پھرؤمت آو سو ظھرک تہند پت مبارک۔ سو گو سوی بور۔ یکو تذکرہ ووجدک
ضالا فھدیٰ آیتس اندر بیان سپن۔ یعنی یمہ امرک غم تہ فکر۔ زہ دنیا کتھ کن سپدہ از
جہالت آزاد۔ کر بیئہ سہ باصلاح۔ کر نیرہ سہ یمہ گندہ عقیدہ نش۔ کر سپنہ سہ باخدا۔
ورنہ یم چھ تباہی ہندس ہٹس پیٹھ وامت۔ پس سہ آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمن

از وحیِ وبشارات آلٰہی قلب مبارک مطمئن نہ تسلی بخش سپُن ۔ بہرقسم آک علمی دلائلن ہُند
خزانہ عطا کرنہ ۔ ساری غموم وہموم بیہ ساری تفکرات سپدک رفع ودفع ۔ چنانچہ روُدکنہ
ادہ اک ذرہ نہ ہمُہ غمہ کہ بارِ گوٗ وَرَفَعۡنَا لَكَ ذِكۡرَكَ بیہ کرُئیہِ تہنز ذکر بلند ۔ پس
آیہ تہنزی کامیابی وُٹھ جایہ جایہ ۔ تہندوی دین روزہ بہر سو غالب ۔ سو زاہ مغلوب
سپدنہ ۔ بلکہ ٹیلہ ٹیلہ مقابلہٗ ادیان سپدہ ۔ اسلامچی آیہ فتح وکامیابی فَاِنَّ مَعَ الۡعُسۡرِ
لیکن یہ چھہ یقینی کتھ زہ ۔ تنگی تہ سختی سیتی چھو آسان یُسۡرًا آرام وآسایش مطلب کہ
فتح وکامیابی چھُپُنہ زاہ انسانس کُنہِ صورتس منز تہ حاصل ہکان سپدت ۔ تاوقتیکہ
بتہ تامت نہ سوتکالیف ومشکلات تلُہ ۔ تکباز ہ اِنَّ مَعَ الۡعُسۡرِ یُسۡرًا مصایب ومشکلات
بیہ سختین سیتی چھہ آرام وآسایش ۔ بیہ فتح ونصرت وابستہ نہ تعلق تھاوت ۔ لہذا سختی
دربیش سپدت خوف کرنک نہ گھبراونک مقام کانہہ چھُنہ فَاِذَا فَرَغۡتَ پس ٹیلہ تہہ
دُئن فارغ سپدیو از تفکرات غموم وہموم فَانۡصَبۡ لہذا سپدیو دُئن بنہ تت کامہ کُن
بخوب مشغول ومصروف ۔ بسہ کوم تُہیہ سپرد کرنہ آمُت چھہ ۔ خلق خدایس وَاتناوِیو ہدایات
تن کریو اصلاح ۔ از اسفل السافلین کڈیوک ۔ اعلٰے علیینس پیٹھ واتناویوک
وَاِلٰی رَبِّكَ فَارۡغَبۡ بیہ تھاوِیو پننس پروردگارس کُن تہنہ میلان ورغبت
مطلب کہ تبلیغ دین کرنس اندر گھژہ آسُن رضای مولا کریم مدِ نظر ۔ دنیاوی حرص اہشات
ونفسانی لذاتو نش گھژہ سپد نو بے طمع وبے غرض ۔ بس یہوی چھُو کامیاب نہ مظفر
ومنصور سپدنکو بہترین زرّین اصول ۔

سورۃ التین | بسم اللہ الرحمن الرحیم | مکیۃ

وَالتِّينِ درخت انجیر چھُو گواہ ۔ مراد چھُو ہمُہ تلہ سلسلہٗ بنی اسرائیل ۔ تکیازہ نورات
اندر چھہ تت درخت انجیرس سیت تشبیہ آمژ دِنہ { ملاحظہ کریو کشف یرمیاہ باب ۲۴ }
وَالزَّيۡتُونِ بیہ درختِ زیتون سوگو سلسلہ محمدی ۔ چنانچہ چھو اللہ تعالیٰ ذکرِ زیتون
درسورۂ نور بخصوصیت فرمادان ۔ کہ نورِ محمدی چھو درخت زیتونک پاٹھ شعلہ زن
ندش وَطُورِ سِينِينَ بیہ چھو گواہ طور سینین ۔ سوگو سو مقام ۔ یتہ ابتدای سلسلہ
موسوی سپد وَهَٰذَا الۡبَلَدِ الۡاَمِينِ بیہ یہ امن دنہ والو شہر ۔ صلح وآشتی
در دنیا پھیلاونک منبع نہ سرچشمہ ۔ سوگو مکہ معظمہ یت اندر بنیاد سلسلہ محمدیہ تھاونہ

آیہ - چنانچہ چھ توسے تت وِنان اُمّ القُریٰ تہ - یعنی تمام شہرن ہنز موج زادہا اللہ شرفاً و تعظیماً - سلسلہ طورِسینا یعنی سلسلۂ موسوی تہ سپن ختم - مگر سلسلہ محمدی ؐ ژُن زاہ تا دورِ قیامت ختم ہرگز ہرگز سپدْ نہ لَقَدْ خَلَقْنَا الْاِنْسَانَ یقیناً کرُ اَسہ پیدہ انسان فِیْ اَحْسَنِ تَقْوِیْمٍ نہایت احسن تہ بہترین بیہ معتدل صورت وحالس پٹھ - علاوہ فہم وفراست دِژای لسہ تمس اخلاقِ فاضلہ تہ - یم تمسندس فطرتس اندر لسہ ودیعت تھاوِمت آیہ - ثُمَّ رَدَدْنٰهُ لیکن یعنی یُلنہ تم تِم در استعمال ژُن یُلنہ سو تِم مطابق یکو رَدَدْنٰہُ ردنہ واپس کرُ اَسہ سو اَسْفَلَ السَّافِلِیْنَ نہایت پست تہ ذلیل حالس کُن - انسانیتھی روزسنہ کانھہ چنانچہ سپن حیوانا تو خونہ تہ بدترین اِلَّا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا لیکن یمولو کو ایمان انو - خداوند کریم سند امرو نہی مانو شریعت اسلام بناوِک یمُن دستور العمل وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ بیہ کرُک بہبودی تہ بہتری بیہ خوبی ہنزہ کامہ فَلَهُمْ اَجْرٌ تمن میلہ اجر تہ بدلہ غَيْرُ مَمْنُوْنٍ یُس بے منت آسِک یُس بیحد و بے انتہا - ختم نہ بند نہ زاہ پیدہ وُن فَمَا يُكَذِّبُكَ بَعْدُ پس کُس چیز ہِکی ژٔ وُن تکذیب کرت - تہ اپز گنزراوِت بِالدِّیْنِ جزا وسزا کس معاملس منز - تکیازہ یم تھو کرُ تم تھولیو - یم تھوو تُ - تم تھولُون اَلَيْسَ اللّٰهُ کیا خداوند کریم چُھنا بِاَحْكَمِ الْحٰكِمِيْنَ تمام حاکمن کھست حاکم - یُلہ تم ہکن سزا وجزا دِت - بوُتے ساری حاکمن کھست حاکم چھُس - بو کیازہ ہکنہ یمن بندن عملو موجب جزا وسزا دِت - بلیٰ وَنَحْنُ عَلٰى ذٰلِكَ مِنَ الشّٰهِدِيْنَ -

| مَكِيَّةٌ | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | سُوْرَةُ الْعَلَق |
|---|---|---|

یمہ سورۂ شریفک گوڈنک پانژِھ آیہ چھہ آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمس درغارِ حرا نازل سپنمت - تِمے چھہ گوڈنک وحی تہ اِقْرَاْ پر - مطلب کہ اگرچہ بظاہر تُہ پرُن گژھ زانیو نہ لیکن یُس چھو تُہ پانہ پرن ہچھہ ناداں - تہ عالم بناداں - تکیازہ علمہ ورای کانھہ شخص ترقی کرہ وُن نہ کانس وانہ وُن چھُنہ - بِاسْمِ رَبِّكَ پننس پروردگارہ سند ناوٕ ہیتھ اَلَّذِیْ خَلَقَ یم عالم بوجود ئو - تہ پیدہ کرُ خَلَقَ الْاِنْسَانَ یم پیدہ کرُ انسان مِنْ عَلَقٍ خونہ دٕتہ پیٹھہ - یہ نطفہ تہ وفتح حالت چھہ - یہ وقتہ سو باجہ ہند رحمس سیت تعلق پیدہ چھو کران - ورنہ تمہ بغیر نطفہ کو ہُہ کاہ سند چھُنہ - تکیازہ انسان

سنزه زندگی هندا ابتدا ڇُهِبینهٗ تهٗ تمام سپدان ، تهٔ تامت نه سو نطفه ماجه هندس رحمس
سیت تعلق پیده کره ـ یه سورهٔ شریفک ناو ته ڇهو العَلَق ـ اشاره ڇهویت امرس
کُن زه ـ ای محمد عربی صلی الله علیه وآله وسلم از ڇهو تهه ننس پروردگارس سیت تهٔ
تعلق پیده سپدان ـ یه سیت تهه ڇهو نئُو زندگی دِنه یوان ـ سوی کره دئن تهنز تربیت
ننس رحم عاطفس منز ـ اکمل انسان بنادیو ـ اِقْرَأْ پره وَرَبُّكَ الْأَكْرَمُ چانو پروردگار
ڇهو سٹهاه بزرگ ـ نهایت معزز ـ مطلب که ئمس خدایس سیت یُس اکهاه تعلق پیده
کره سو تهٔ کره حقیقی عزت حاصل ـ اعلی مقامس پیٹھ واته ـ باخدا انسان سپده ـ
پتهٔ کن تس خدای ذوالجلال سُند ناو دردنیا مشهور و معروف ڇهو ـ تتھی کن سپده
سو ته لیکن اشاره ڇهو بآنحضرت صلی الله علیه وآله وسلم ـ که اگرچه تهه ونگنس گمنام
ڇهو ـ لیکن نامدار عالم سپدیو ـ خلق خدایس منز یُوبس تهی یات مکرم ته معظم تسلیم
کریه ـ بعد از خدا بزرگ تهی یقین کرنه الَّذِي عَلَّمَ بِالْقَلَمِ خداوند کریم بذریعه قلم علم
دِتو ـ مطلب که انسان سنزه ترقی حاصل کرنٹ ڇهه کل زهٔ اصول ـ اک پرُن ـ بیه قلم زن
سپدُن ـ اده یُس شخص یا یُس قوم علم پره نه نویسنده سپده ـ یقیناً کره سوی ترقی ـ بلکه
بیه معزز ته مکرم زانته عَلَّمَ الْإِنْسَانَ علم دتن انسانس مَا لَمْ يَعْلَمْ تمن تمن چیزن
هند ـ یمنه تس معلوم آیس ـ یمنه سو زانه هی ـ مسلمانو! غور کریو ـ تهنز ترقی کت منز
ڇهه ڇهم ـ نه پوشیده ـ پانه خداو کریم ڇهو تاکید فرماوان ـ علم پرنس ته قلم زن سپدنس پیٹھ
پس اگر تهه ترقی پرُمان ڇهو ـ ذلته منزه نبرت اعلی مقامس پیٹھ واتن ارمان ڇهو ـ علم
ته قلم کریو تکه حاصل گلا ڇهنه بین دون ترقی هندن زرین اصولن پیٹھ جهلاونه ناهم
لوک عمل کران ـ وجه تکو ڇهو یُ زه اِنَّ الْإِنْسَانَ که جاهل ته ناسمجھ انسان ڇهو لَيَطْغَى
سرکشی کران ـ یانی ڇهنه ـ أَنْ رَآهُ زانان ڇهو پننس پانس اسْتَغْنَى غنی ته بی نیاز
یعنی خداوند تعالس سیت تعلق پیده کرنس ڇهنه پننس پانس محتاج زانان ـ بیه ته ڇهو نه
کانهه ضرورت زانان ـ بلکه ڇهو زانان زه لی ڇهم ـ نی ڇهم کافی ـ إِنَّ إِلَىٰ رَبِّكَ بالفرض
ڇهس چانس پروردگارس نش الرُّجْعَىٰ رجوع کرن ته تس نش جواب دهی خطره حاضر
سپدن أَرَأَيْتَ الَّذِي کیا تو سِهٔ ڇهو ته سو شخص يَنْهَىٰ عَبْدًا یُس رُکان ته
پتهٔ ڇهورٹان میانس بندس إِذَا صَلَّىٰ نماز پرن وِزه ـ مطلب که یُس شخص سرکش

چھو سیدان سو چھُنہ پانے یا تو از خدا تعلق ژٹان - بلکہ چھو سوبیَن لوکن نہ دارہ وارہ
از خدا اٹنج کوشش کران اَرَاَیتَ کیا تُہہ چھُوہ معلوم اِنْ کَانَ عَلَی الْھُدٰی اگر سو بہ
ہدایت آسیہہ اَوْ اَمَرَ بِالتَّقْوٰی یا آسیہہ بر تقوی وطہارت لوکن ترغیب تہ شوق
دِوان - یا تمکو حکم دِوان اَرَءَیْتَ خبر چھُوہ اِنْ کَذَّبَ اگر سو ابُز چھو گنزران وَتَوَلّٰی
بیہ نظر چھو پھران - مانن چھُنہ - ژہ اَلَمْ یَعْلَمْ تس چھُنا معلوم تس چھُنا خبر بِاَنَّ
اللّٰہَ یَرٰی کہ خداوند کریم چھُم ساروی وُچھان تہ زانان - یعنی نیک و بدس سارسی
چھُم وانت - سو چھُم آگاہ تہ خبردار - تس نش کُنہہ کھٹ چھُنہ کَلَّا کِتہ چھُس تہ علم
کُنہ چھُس نہ خبر - کنہ چھو تہ زانت ژہ - خداوند کریم چھُم نیک و بدس پُٹ سارسی
آگاہ تہ واقف - نلہ کِتہ کرہ ھرِیہ بدکاری تہ یم شرارت - بلکہ بیُٹھنا سو تلہ نُمرِش
باز لَئِنْ لَمْ یَنْتَہِ اگر نے سو وُنہ تہ نُمرِنشہ باز بیُہ تہ بت رُوزہ لَنَسْفَعًا ضرور
نِموُن کھکھرہ بِالنَّاصِیَۃِ پیشانی ہند ئو وال رٹت نَاصِیَۃٍ تمی پیشانی کَاذِبَۃٍ
یسہ ابُز گنزرہ وِن آس خَاطِئَۃٍ یسہ خطا کرہ ون آس - مطلب کہ بدکار تہ شریر
بیہ فتنہ پرداز ین خوار و ذلیل کرنہ فَلْیَدْعُ بس کرتن سو فریاد نَادِیَہٗ پننِن ہمنشین
و ہم صحبتن پننِن بدکار شریر رفیقن سَنَدْعُ تس دِمو ناد الزَّبَانِیَۃَ بہادر ملائکہ
غلاظن - دِپوک نیوک یم شریر بدکار جہنمس کَلَّا یقیناً تہ پزر یاٹھ - یعنی بہ چھو امر واقع
اتھ ژاہ بدل پیدہ نہ - بلکہ بیہ یقیناً و فوعس اندر لَا تُطِعْہُ نتہ ژہ ژاہ نُمسند
مانک رُعبس منز یِت وَاسْجُدْ بلکہ کر سر تسلیم خم پننِسی پروردگارس نشہ - نمسند سی
حکمس دار کردن وَاقْتَرِبْ نمسندوی قرب کر بیہ حاصل - بس بیہ نہ کینسہ ہند تہ -
یمن شریرن ہنز صحبت گرن تراو - بیہ تچھنہ ہند کینہہ مانان آسک -

| سُوْرَۃُ الْقَدْرِ | بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | مَکِّیَّۃٌ |
| --- | --- | --- |

اِنَّا اَنْزَلْنٰہُ یقیناً کر ئسی نازل یہ قرآن کریم فِیْ لَیْلَۃِ الْقَدْرِ شب قدر منز یعنی
ابتدای نزول قرآن سپد پتز ہمہ یا ستاہ یہہ رمضان شریفکہ شبہ - یعنی شب قدر ہچھ
یُس شب تمام شبن منز قدر ژھ منزلت و عظمت وال چھُو - وَمَا اَدْرٰکَ تُہہ کیا چھو
معلوم مَا لَیْلَۃُ الْقَدْرِ سہ لیلۃ القدر کیا چھ لَیْلَۃُ الْقَدْرِ سہ لیلۃ القدر چھ خیر یا
بہتر تہ اَفْضَلُ مِنْ اَلْفِ شَہْرٍ ساس رتہ خوتہ - کیازہ ہر خیر و برکت کہ امرک انتظام چھ

تتھ منز سپدان ۔ خصوصاً چھ تم امور خیر و برکت عالمکہ ہدایت و اصلاحک موجب و سبب آسان ۔ مگر یمہ لیلۃ القدر تلہ چھو اشارہ بزمانہ حضرت آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم یُس تمام زمانن کھست قدر و منزلت والونہ ۔ بیہ خیر و برکت والو چھو ۔ تمہ پتہ پرُتھ صدی ہُند ابتدائی زمانہ ۔ یُس آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمن ہندیٖن خلفائن ہندہ ظاہر سپدنکو وقت چھو آسان ۔ یمن ونان چھ مجددین اُمّتِ محمدیہ رحمۃ اللہ علیہم اجمعین آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمن ہندس زمانس آیہ آوے کرن لفظ لیلۃ یعنی شبس سیت مشابہت دنہ زہ ۔ سو آسو شرک و کفرکہ تاریکی ہند زمانہ ۔ یُس تہند انوار نبوتن منور تہ روشن کُر تَنَزَّلُ الْمَلٰٓئِكَةُ نازل چھ سپدان ملائک وَالرُّوْحُ بیہ روح ۔ یعنی روحانی زندگی ہُند نزول چھو سپدان فِيْهَا تتھ شب قدر منز ۔ گویا چھ تت اندر مومن اکھ نُو روحانی زندگی میلان بِاِذْنِ رَبِّهِمْ بحکم آلہی مِنْ كُلِّ اَمْرٍ پرتھ خیر و برکتک امر ہنت سَلٰمٌ یم سلامتی ہند موجب چھ آسان هِيَ یمے چھ آسان حَتّٰى مَطْلَعِ الْفَجْرِ برابر طلوع فجر سپدنکس وقتس تام ۔ مطلب کہ یتھ کن طلوع فجر یعنی صبح سپدنکس وقتس سیتی نورا فنائچ روشنی ہوان چھ بوزنہ ین ۔ تتھے کنہ چھ یہ لیلۃ القدر تہ انوار و برکات پانس سیت انیچ موجب و سبب سپدان ۔

| | | |
|---|---|---|
| سُوۡرَۃُ البَیِّنَہ | بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ | مَدَنِیَّۃ |

لَمْ يَكُنْ اُسنہ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا یم کافر لوک مِنْ اَهْلِ الْكِتٰبِ از اہل کتاب وَالْمُشْرِكِيْنَ بیہ یم مشرک لوک مُنْفَكِّيْنَ خلاص تہ آزاد سپدہ دُن ۔ نجات تہ رہائی لبہ دُن از کفر و شرک یعنی قطعاً اوسنہ ممکن ۔ یمن کافر و مشرکن ہُند از عقاید کفر و شرک بیہ از رسومات قبیحہ آزاد سپدن تہ موکلن ۔ بلکہ آوسو محال تہ مشکل ۔ نہ آسن بیہ تم اَتھ قابل زہ ۔ پانہ کیاہ کہ ہن پنن اصلاح کرت ۔ یمو کفریات و قبیحا تو نشہ آزادی حاصل کرت ۔ تکیازہ تم آسن پانہ در تاریکی کفر و شرک پیمت ۔ لہذا خفتہ را خفتہ کے کند بیدار حَتّٰى تَاْتِيَهُمُ تاوقتیکہ یتو نامت نہ تمن نش وانہ ہہ نہ یتھہ الْبَيِّنَةُ خاص روشن تہ مبرہن دلیل ۔ یسہ تمن شرک و کفرچہ تاریکی منزہ بخوبی پاتھ کڈہ ہہ ۔ یعنی حضرت محمد بن عبداللہ بن عبدالمطلب صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم رَسُوْلٌ سوزنہ آمُت ۔ اصلاح خلق کرنہ خیطرہ مِّنَ اللّٰهِ خاصۃً از طرف خداوند تعالی تکیازہ حضرت محمد رسول اللہ صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمس وراے بیاک بدل کانہ دیم

معمولی داعظہ تمن ہرگز ہرگز گناہن منزہ غلامی نشہ آزاد ہکہ ہنہ کرت یَتْلُوْ یُس محمد عربی
صلی اللہ علیہ وسلم تلاوت کران تہ بوزہ ناوان چھُو صُحُفًا صحیفن۔ یم نازل سپدِ نکہ قتہ بیت
سیت لگھناوُنہ آسِن یوان۔ یعنی قرآن کریم مُّطَهَّرَةً پاک تہ بے عیب فِيهَا تمن
صحیفن اندر چھِ كُتُبٌ تمہ کتابہ قَيِّمَةٌ یمہ معتبر تہ قابل اعتماد چھِ۔ مطلب کہ حضرت آنحضرت
صلی اللہ علیہ وسلم یہ تعلیمہ تہ یُس وَحیہ تمن بوزناوان آسِن۔ سہ آسِن سِٹے تعلیم تہ سُوی
وحی آسان یُس برونٹھمِن سانٔن منزلہ کتابن منز موجود آس۔ بلکہ چھِہ سہ تمن سابقہ
کتابن ہنز خلاصہ تہ لب لباب وَمَا تَفَرَّقَ الَّذِينَ تمو لوکو ٹلنہ تفرقہ أُوتُوا الْكِتَٰبَ
یمن کتاب دِنہ آسِن آمژ إِلَّا مِنۢ بَعْدِ مَا مگر تمہ پتہ جَآءَتْهُمُ الْبَيِّنَةُ ییلِہ تمن سہ روشن
دلیل آیہ۔ یعنی حضرت رسول اکرم صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم وَمَآ أُمِرُوٓا تمن اوسنہ حکم یوان دِنہ کُنہ
کتھہ ہند إِلَّا لِيَعْبُدُوا اللَّهَ مگر اینکہ اللہ تعالیٰ سنز کریو عبادت مُخْلِصِينَ لَهُ محض تہ
خالص بنانِت تسنزی الدِّينَ رُتو۔ بدلہ۔ یعنی رضاء آلٰہی حُنَفَآءَ سارنی معبودان باطلن
تہ سارنی نفسانی خواہشاتو نِش روگردان سپدِت تہ پھیرِت صرف تَس حقیقی معبودس کُن
متوجہ سپدِت وَيُقِيمُوا بیہ تھاویو قایم تہ برپا الصَّلَوٰةَ نماز وَيُؤْتُوا الزَّكَوٰةَ بیہ
دِیو زکات وَذَٰلِكَ دِينُ الْقَيِّمَةِ یہوی کیا گو معتبر تہ مضبوط بیہ تا دور قیامت قایم روزہ وُن
تہ پوشہ وُن دین إِنَّ الَّذِينَ كَفَرُوا بیشک تم لوک۔ یمو کفر کُر مِنْ أَهْلِ الْكِتَٰبِ اہل کتابو
منزہ وَالْمُشْرِكِينَ بیہ یمو شرک بجدا اُنو فِى نَارِ جَهَنَّمَ در نار جہنم یُن تم تراوُنہ۔ یعنی
محض اوہ خیطرہ زہ۔ یتھو تمن کفر و شرک بیہ بد عملن ہند ساروی اثر دور سپدہ تہ دزہ یتھ کنہ
بیمارن تہ مریضن شفا خاطرس منز بلنہ خیطرہ سوزان چھِ۔ خَٰلِدِينَ فِيهَآ یژ کال تام چھِ تم تت
اندر روزہ وُن۔ یعنی یتو تمامت بد اعتقادی تہ نافرمانی بیہ بد عملن ہندا اثر ساروی دور
سپدِنک تہ ژلنک (خدا تعالیٰ سِند قہری صفات تمن پیٹھ تا ابد جلوہ گر روزن نہ۔ آخر یتہ تمسند
صفت رحم و عفو تمن پیٹھ بجوش۔ پس یام تم پاک وصاف سپدن۔ تام کڈنک از جہنم۔ چنانچہ سپدن
جہنم یتیس خالی۔ یُی چھو در حدیث صحیح آمُت۔ يَأْتِى عَلَىٰ جَهَنَّمَ زَمَانٌ لَيْسَ فِيهَا أَحَدٌ۔
وَنَسِيمُ الصَّبَا تُحَرِّكُ أَبْوَابَهَا) أُو۟لَٰٓئِكَ یہے کیا گے تم لوک هُمْ شَرُّ الْبَرِيَّةِ یم بدترین مخلوق
چھِ۔ تکیا زہ خداداد قوّت کرِک بے جا تہ بے محل موقعن پیٹھ استعمال۔ خداوند کریم سنز
فرمانبرداری کرکنہ۔ تمسند مقرر کردہ قانون مطابق پکنہ إِنَّ الَّذِينَ ءَامَنُوا یقیناً یمو لوکو

ایمان انو وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ بیٔہ کرٕنک ژرہ عملہ نہ جان کامہ ـ قانون شریعتس موافق
ینک ـ خداو رسول سنز فرمان برداری کرِک اُولٰٓئِكَ هُمْ خَيْرُ الْبَرِيَّةِ یم گے بہترین مخلوق
بلکہ اشرف المخلوقات جَزَآؤُهُمْ تہند جزا نہ تہند بدلہ چھو عِنْدَ رَبِّهِمْ تہندس پروردگارس
نش ـ ئی زہ جَنّٰتُ بَاغات عَدْنٍ نِہ پوشہ ون ـ ہمیشہ سرسبز و شاداب تَجْرِي
یکان آسن مِنْ تَحْتِهَا یمو منز الْأَنْهٰرُ رنگا رنگ جویہ ـ قسمہ قسمچہ نہرہ خٰلِدِينَ فِيهَا
تمے نیکوکار روزن تمن باغن اندر اَبَدًا ہمیشہ ـ نیز نوی آسِکنہ تمو منز زاہ ـ بلکہ آسن
دہ ہوی شادان و خورم رَضِيَ اللّٰهُ عَنْهُمْ راضی تہ خوش سپن اللہ تعالےٰ تمن نِش ـ
تکیازہ یم اوامر و نواہی بیہ یم احکام تمہ پننس رسول رحمت صلی اللہ علیہ وسلم سندہ ذریعہ
سوزنک تمن پیٹھ کرِک عمل ـ تموی مطابق کرِک پنن زندگی بسر وَرَضُوا عَنْهُ تمہ
سپن تس نِش راضی ـ تکیازہ یمہ نعمژ عطا کرنک وعدہ کرمُت اوسنک ـ تمہ دژنک
پورہ ذٰلِكَ لِمَنْ یہ نعمژ چھ بیٔہ تمس شخصہ سندہ خیطرہ یُس خَشِيَ رَبَّهٗ یُس پننس
پروردگارس کھوژ ـ تہ تسنز فرمان برداری کرِن ـ

| | | |
|---|---|---|
| سورۃ الزلزال | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | مَدَنِيَّة |

(۱) اِذَا زُلْزِلَتِ الْأَرْضُ زِلْزَالَهَا وقتہ واتہ زمینہ بیٔہ خوب زلزلہ کرنہ ـ یعنی بکثرت پید
زلزلہ تہ ہِل ـ انقلاب عظیم پیدہ ـ قیامت پیدہ برپا ـ یا چھو اشارہ تمہ تلہ یت امرس کن
زِہ ـ اسلامس بیٔہ نہایت خطرناک مخالفت کرنہ ـ یمکہ وجہ مسلمانن مخالفن سیت پننہ بچاوہ
خیطرہ مقابلہ بیٔہ کرُن ـ چنانچہ وُنی خطرناک جنگ ـ یمہ جنگہ سیت روی زمینس اندر
انقلاب عظیم پیدہ ـ لوکن ہندین دلن منز پیدہ عظیم الشان تغیر ـ یا چھو مراد ئی زہ ـ انسان یُس
دنیاہس سیت مستغرق تہ مشغول چھو آسان ـ تتو تامت نہ سو خوب وُرہ شورہ سیت بیدار
بیٔہ کرنہ ـ تتو تامت چھنہ تمس اندر روحانیتک احساس پیدہ سپدان وَأَخْرَجَتِ
الْأَرْضُ بیٔہ کڈِہ نبر کنُ یہ زمین ـ یا قلب انسان أَثْقَالَهَا پنن ساری بارِ ـ پنن جوہر
تہ مخفی طاقت ـ بیٔہ یم اسرار تہ رازتہ اندر پوشیدہ آسن ـ تمن کڈہ نبر ـ حقیقت پیدہ
آشکار ـ وَقَالَ الْإِنْسَانُ بنی نوع انسان دپہ ـ یعنی لوک کرن تعجب حیران سپدن زِہ
مَا لَهَا اتھ کیا سپدیہ ـ یہ کتھ عظیم الشان انقلاب سپد اَتھ اندر يَوْمَئِذٍ یمہ دوہ
تُحَدِّثُ بیان کرِہ تہ وَنہ یعنی بزبان حال أَخْبَارَهَا پننہ سارے خبرہ ـ یعنی لیہ کیفیت

نہ زاہنہ اتھ اندر از تامت پیدہ سپنہٕ آسں - سیٹھے گھرہ اتھ اندر ظاہر - چنانچہ دیہ بزبان حال تمیچ شہادت ساروی ہنٛز حسن وخوبی کرہ ظاہر تہ عیان - یمکو نہ لوکن وہم وگمان آدسو - تی بنیہ وقوعس منز - گویا انکشافِ حقیقت کبرای سپدہ باَنٛ یہ انکشاف حقیقت کبرٰی کرہ اَوے موکھ زِ ہ تَرِنٛکھ چانو پروردگارا وحیٰ کہا کرِہ تس وحی - تم امور بیان نہ ظاہر کرنس پتھ مطلب کہ انسان ہٕلہ مجاہدہ نفس چھوکران قسم بقسم مشکلات ومصایب برداشت چھوکران پانس اندر بیداری پیدا چھوکران - یعنی پننس نفس اندٕ انقلاب عظیم پیدٕ چھوکرانٛ - ادہ چھہ تمسند مخفی جواہر ظاہر تہ روشن سپدان چنانچہ چھہ وچھن والِ حیران سپدان زہ - یہ عظیم الشان کیفیت گنتھ کن گیہٕ تمس شخصس اندر سپدہ - ادہ چھو سو تمن پننٛو مفید معلوماتو سیت بہرہ ورکران - یم مفید معلومات تمس ہنٛز پروردگارن فہمائش چھہ کرمت آسان - علامات قیامت کبرٰی تہ چھہ یمو آیاتِ کریمو نہٕ مراد - یعنی تمام زمینس سپدہ خطرناک زلزلہ - یہ کینژہا اتھ منز چھو - تہ ساروی کڈہ نبر - لوک آسن درحالتِ حیرانی وپریشانی - خوف وہراس کہ سببہ آسن مضطرب ومغموم - حتیٰ کہ زمین تامت وٕ نہ پننٛ ساری سرگذشت بحضور رب العالمین احکم الحاکمین زہ کنٛمہ پٹھ کیا کُرٕ یَوْمَئِذٍ یہ دوہ یَصْدُرُ النَّاسُ نبرن لوک اَشْتَاتًا الگ الگ بنٛو بنٛو - اکہ اکہ - لِیُرَوْا اَعْمَالَهُمْ پننٛن عملن ہند نتایج وچھنہ نہ لبنہ خیطرہ - یعنی تتھے کنہ یتھہ کنہ بردین اسلام پننٛ پان مال وجان قربان کرن والیٛو ہنٛز نتیجہ تل - حق سپنٛ آشکارا نہ غالب - باطل سپنٛ مقہور ومعدوم - چنانچہ ساروی مکہ مکرمہ سپن کفر وشرکہ نش مطہر تہ پاک - دردنیا سپن اسلام شایع فَمَنْ يَّعْمَلْ پس دُنٛ یم شخصن کُرٕ مِثْقَالَ ذَرَّةٍ اکس ذرس برابر خَيْرًا کانھہ خیر کنٕہ قسمکو يَّرَهٗ سُو تہ لبہ تمکو ثمرہ - نہ تمکو نتیجہ ضایع کنھہ گژھہنہ خواہ یہ عمل خیر کینہ کافرنی آستن کرمژ - وَمَنْ يَّعْمَلْ بیہ یُس اکھا کرہ مِثْقَالَ ذَرَّةٍ اکس ذرس برابر تہ شَرًّا کانھہ بدیہ کنٕہ قسمچ يَّرَهٗ سو تہ لبہ تمکو پھل - تمکو بدلہ - خواہ سہ کینہ مسلمانی آستن کرمژ - خداوندکریم کینہ ہنٛد طرفدار کنھہ چھنٕہ - بلکہ چھو سو عادل البتہ یتھو رتو کرہ - تتھو رنو بدلہ لبہ - یتھو بچھ کرہ - تتھو بچھ نتیجہ نہ پھل لبہ - پرتٕ نیکی چھو ہنٛز جزا مقرر - تتھے کن چھو پرتٕ بدیہ ضرور ہنٛز کانھہ نہ کانھہ اثر - چنانچہ چھو بعض نیکین ہندہ کرنہ سیت بعض بدین ہنٛد اثر نہ نتیجہ مٕحو سپدان تہ نہو تہ یوان - تتھے کنہ بعض بدین ہندہ کرنہ سیت بعض نیکین ہند اثر مٕحو نہ ضایع سپدان یس چھو یقینی امر زِہ - بصدق دل توبہ کرنہ سیت چھہ انسان ہند

گناہ معاف سپدان۔ مگر بدکاری تہ بیدینی ہنزہ کامہ کرنہ سیت چھہٖ اعمال صالحہ ضایع سپدان۔ لہٰذا اتھ اصولس زاہ برخلاف سپدِ نہ۔ فَتُوبُوا اِلَى اللهِ جَمِيعًا اَيُّهَ الْمُؤْمِنُونَ لَعَلَّكُمْ تُفْلِحُونَ۔

سُوْرَۃُ الْعٰدِیٰت | بِسْمِ اللهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | مَکِّیَّۃ

وَالْعٰدِیٰتِ گواہ چھُو تیز رفتار گُرِ ضَبْحًا پھر ٹکہ ہُت۔ مطلب کہ یُس انقلاب عظیمہ سپدُن دریش چھو۔ تت پیٹھ آسن غازین ہند تیز رفتار گرتہ گواہ۔ یعنی جنگ سپدہ فَالْمُوْرِیٰتِ قَدْحًا بیہ یم نار کڈہ ون چھہ۔ یعنی یہندہ نیز پکنکہ سببہ سنگلاخ جاین پیٹھ پڈر نراو نہ سیت نارہ ترٛبرہ دِتھان نہ نیران چھہ فَالْمُغِیْرٰتِ صُبْحًا یم سُلہ صُبحکہ وقتہ دشمنن پیٹھ غارتہ سان حملہ کرہ ون چھہ فَاَثَرْنَ بِهٖ یم ٹلہ وُن چھہ تت سیت نَقْعًا گرد و غبار تہ فَوَسَطْنَ بِهٖ پتو یم برابر منزس اژہ ون تہ واتِت گھژہ ون چھہ پنُن سوار ہُت۔ جَمْعًا دشمنن ہندس جماعتس تہ فوجس منز۔ یمو آیا تو تلہ چھو یئِہ مراد زہ۔ انسانن ہنزہ ہمہ جماعژ۔ بیہ پننِ کمالات حاصل کرنہ خیطرِ چھہ ہر وقت تیز قدم آسان۔ کوشش کران تہ دوڑان آسان۔ پننہ عقلہ تہ فکرہ سیت۔ بیہ پننہ فہم و فراست سیت انوار علوم و معارفن ہند نار کڈان۔ بیہ بوقت صبح حرص و طمعکئن فوجن تہ لشکرن پیٹھ حملہ کران۔ غارت گران۔ تت سیت بیہ گرد و غبار تہ ژلان۔ یُس گرد و غبار ہُر چھو کھسان۔ یعنی تہند اعمال صالحہ۔ آخر چھہ پتو لاکن در جماعت مقربین داخل سپدان۔ پس چھہ یمو آیا تو تلہ مسلمانن ہنزن روحانی ترقین کن اشارہ اِنَّ الْاِنْسَانَ لِرَبِّهٖ پیر پاٹھن چھو انسان پننس پروردگارہ سُند۔ لَکَنُوْدٌ سٹھاہ ناشکر۔ یعنی یم قوای تہ یم طاقت خداوندکریمن تمس اندر تھاوِمت چھہ تمن چھہ نہ سو قدر زانت تہ بیت کران۔ تاکہ تمہ علے مقامس پیٹھ واتہ ہا وَاِنَّهٗ حالانکہ سو چھو پانہ تہ عَلٰى ذٰلِكَ اتھ امرس پیٹھ لَشَهِیْدٌ گواہ یعنی تمس چھہ پنن فطرت تہ اتھ پیٹھ گواہی دِوان وَاِنَّهٗ لِحُبِّ الْخَیْرِ مگر سو چھو مالہ کس محبتس منز لَشَدِیْدٌ نہایت سخت بخیل حتیٰ کہ پننین اعلیٰ قوی تہ اعلیٰ طاقتن ہند چھہ نہ کانہہ پروا۔ بلکہ چھو تمن ضایع کران اَفَلَا یَعْلَمُ کیا تمس چھنا معلوم زہ اِذَا بُعْثِرَ ییلہ نبر بیٔہ کڈنہ مَا فِی الْقُبُوْرِ تہ سارو ی۔ یہ قبرن اندر آسہ وَحُصِّلَ بیٔہ یئہ ظاہر کرنہ مَا فِی الصُّدُوْرِ تہ۔ یہ سینن اندر مخفی آسہ۔ مطلب کہ اسرار سپدن ظاہر۔ راز گژھن نن اِنَّ رَبَّهُمْ بِهِمْ یقیناً چھو تہند پروردگار بِہِمْ تہندس تت سارسی حالس پیٹھ۔ یُس حال تمن یَوْمَئِذٍ

قیامتکہ دوھہ سپدہ وُن چھو لخبیر۔ بور پاٹھن واقف وآگاہ۔ بس بینہ تس رای کانھنہ

| سورۃ القارعۃ | بسم اللہ الرحمٰن الرحیم | مکیۃ |
| --- | --- | --- |

اَلْقَارِعَةُ مصیبتہ چھہ یوہ ون مَا الْقَارِعَةُ نہایت سخت نہ کڈر مصیبتہ چھہ یوہ وُن وَمَا اَدْرٰىكَ تہہ کیا چھو معلوم مَا الْقَارِعَةُ سہ مصیبت کیژاہ سخت نہ خطرناک چھہ۔ یمہ مصیبتہ نِہ چھہ مراد جنگ عظیم نہ۔ قیامت کبری نہ يَوْمَ تمی دوہہ سپدہ بہ واقع۔ یمہ دوھہ يَكُوْنُ النَّاسُ آسن لوک كَالْفَرَاشِ مہٕن ہند پاٹھ الْمَبْثُوْثِ منتشر نہ چھکرت بوجہ خوف وہراس آسن پروانن ہند پاٹھ اورہ یور کران۔ قرار کانھہ آسنکھنہ مضطرب وپریشان آسن وَتَكُوْنُ الْجِبَالُ بیہ آسن کوہ كَالْعِهْنِ پھنبک پاٹھ الْمَنْفُوْشِ دُونہ آمُت۔ یعنی فنا آسن سپنمت یا چھو النَّاس نِہ مراد عام لوک الْجِبَال تِہ بڈ بڈ سرغنہ۔ مطلب کہ عام وخاص آسہ مضطرب نہ پریشان فَاَمَّا مَنْ یس وُنِ یمیس شخص ثَقُلَتْ گبہ تہ زرہ آسن مَوَازِيْنُهٗ پننہ نیکیہ فَهُوَ سو شخص آسہ فِیْ عِيْشَةٍ زندگی گذارن منز رَّاضِيَةٍ عمدہ نہ رتس وَاَمَّا مَنْ لیکن یس شخص خَفَّتْ لگڑہ نہ کم آسن مَوَازِيْنُهٗ پننہ نیکیہ فَاُمُّهٗ هَاوِيَةٌ تمسنز جای تربیت چھہ جہنمس منز۔ یہ تس گناہن ہند علاج کرِہ۔ تہ بڈراوِہ وَمَا اَدْرٰىكَ تہہ کیا چھو معلوم زہ مَا هِيَهْ سہ ہاویہ کیا چھہ نَارٌ حَامِيَةٌ نارہ سخت دزہ وُن۔

| سورۃ التکاثر | بسم اللہ الرحمٰن الرحیم | مکیۃ |
| --- | --- | --- |

اَلْهٰىكُمُ غفلتس منز چھنو تہہ تراومت التَّكَاثُرُ اک تکسندہ خونہ دنیا بکثرت حاصل سپدنچہ خواہشہ۔ نیوُن چھو تمہ اندر مشغول زِہ۔ یُس زندگی ہند اصلی نہ حقیقی مقصد تہ مطلب آسو۔ یعنی خداوندکریم۔ سو چھوَن تہہ مشراومُت۔ بادی چھوُ نہ پوان حَتّٰى زُرْتُمُ الْمَقَابِرَ بتو تامت تہہ قبرن اندر چھو واتان۔ فی الحقیقت یُس چیز تہندہ خیطرہ اصلی مسرت وخوشی ہند موجب آسو۔ تت کن تہٕ زاہ توجہ وخیال کرُونہ كَلَّا ہرگز نہ سپدہ مال دنیا حاصل کرنہ سیت تہہ کامیابی نہ نجات حاصل سَوْفَ تَعْلَمُوْنَ عنقریب تگمیو تہٕ پانے بوزُن۔ بشرطیکہ اگر تہہ فہم وفراست تہ بیہ علمہ سیت کوم ہیُو ثُمَّ تو پتہ چھو بیہ تیکرار ونان كَلَّا لاریب نہ بے شک پاٹھ سَوْفَ تَعْلَمُوْنَ تگمیو تہہ یہ نکتۂ معرفت۔ بیہ یہ کامیابی ہند اصول پانے برُدکھہ یہن بوزن كَلَّا بے شک پاٹھ

چھ یہ کتھ صحیح لَوْ تَعْلَمُوْنَ عِلْمَ الْیَقِیْنِ اگر تُہہ یقینکہ علمہ سیتؔ زانہِ ہیو۔ بیہ بذریعہ یقینی
دلایل علمی پننہِ نفع و نقصان سوچہِ ہیو لَتَرَوُنَّ الْجَحِیْمَ یقیناً یِیہ ہیو تُہہ یوزنہ زہ زندگی
ہُندِ اصلی مقصد تراوِت تہ مشراوِتھ ژھٔنِتھ۔ تہ مال دنیا جمع کرنس پتہ لگِتھ چھو ساروی
یہ جہنمی جہنم ثُمَّ لَتَرَوُنَّہَا چنانچہ وچھہِ ہیو تُہہ ضرور بضرور اتھ عَیْنَ الْیَقِیْنِ بچشم یقین
یقین پیدہ ہو زِہ۔ واقعی چھو یہ مال دنیا جہنم۔ واتعا تو سیتھ پیدہ ہو تصدیق ثُمَّ لَتُسْئَلُنَّ
آخر یِیہ ہو تُہہ ضرور ضرور سوال کرنہ تہ۔ پرٔژھنہ یَوْمَئِذٍ قیامتکہ دوہ عَنِ النَّعِیْمِ
تمن تمام نعمتن متعلق۔ یمہ لُسہ تُہہ دُزمژہ تہ عطا کرمژہ آسہ۔ زہ آیا تُہہ کیا تُلو یو نعمتو تلہ
فائدہ۔ یُمہ تلہ تُلوا تُہہ کانھ مفید ثمرہ کِنہ نہ۔

| | | |
|---|---|---|
| سُوْرَةُ الْعَصْرِ | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | مَكِّیَّةٌ |

وَالْعَصْرِ یہ ییرہ وُن زمانہ چھُو گواہ اِنَّ الْاِنْسَانَ یقیناً سوا انسان۔ یُم یُوت کال ضایع تہ
تباہ کُرٗ۔ یمنہ اتھ اپنِتس وقتس اندر پننس نفسس کن توجہ کُرٗ تہ۔ تتھ اصلاح کُرٗ۔ یمنہ اتھ
اندر وُنکتام پننہ نجاتچ تہ کامیابی منز کانھ صورت ژھانڈ لَفِیْ خُسْرٍ بیشک پانٛھ خسران
و نقصانس منز۔ یمن چھو گاٹے گاٹہ۔ کیازہ سو چھو پننین خداداد طاقتن ضایع تہ تباہ کران،
وقتس صحیح مصرفس منز چھنہ انان۔ اکس عظیم الشان قیمتی چیزس چھو مفتس منز ضایع کران تہ
رادرادان۔ قدر یچ چھنہ زانان۔ لہٰذا گُرٗ اُم انسان پنن عمر ضایع نہ چھنہ اِلَّا الَّذِیْنَ
اٰمَنُوْا لیکن نہ تمو لوکو۔ یمو ایمان اُنو۔ یمہ زندگی ہندہ وقتہ تلہ یمو فایدہ تُل۔ وَعَمِلُوا
الصّٰلِحٰتِ خصوصاً کرکھ صالح عملہ تہ۔ مال دنیا جمع کرنس کُن لگ نہ وَتَوَاصَوْا
بین لوکن نہ کرک وصیت و نصیحت بِالْحَقِّ حقس متعلق یعنی تبلیغ حق کرک۔ پرٗزورتاوک
تہ۔ پرٗزورتاوُنک لوکن ترغیب و شوق دِتکو۔ بیٔی تہ کرک بر حق آگاہ تہ خبردار وَ
تَوَاصَوْا بِالصَّبْرِ بیہ کرک اک اکس مشکلات تہ سختی برداشت کرنس تہ ژالنس پیٹھ
صبر و قرار کرنچ تہ نصیحت تہ تاکید۔ زہ حق تہ تراوُن۔

| | | |
|---|---|---|
| سُوْرَةُ الْهُمَزَةِ | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | مَكِّیَّةٌ |

وَیْلٌ افسوس بُوین لِکُلِّ پرٗتھ کینسہ تس شخص هُمَزَةٍ یُس بین پیٹھ عیب لاگان
چھو۔ لُمَزَةِ یُس بین طعنہ دِوان چھو۔ زِہ یم کیازہ چھ دینسی کُن لگمت۔ دنیا ژھنک
تراوِت الَّذِیْ جَمَعَ مَالًا یُس پانہ مالِ دنیا جمع کرنس کُن لگمُت چھو وَعَدَّدَہٗ

خصوصاً چھُن سوی زالمُت مصائبن تہ مشکلاتن ہِندہ بچاوُنک ذریعہ تہ سامان یَحسَبُ
گمان چھُس اَنَّ مَالَہٗ زِ یہ مال دنیا پنُن اَخْلَدَہٗ یُوشہ ناوِ تُم یِژ کال تام در دنیا۔
بیہ واتناوِ تُم یھُوی خلدِ برین۔ یعنی جنتس کَلَّا نہ ہرگز ہرگز واتناوِ تُسنہ یہ مال دنیا جنتس
بلکہ لَیُنْبَذَنَّ بیہ سو ضرور ضرورِ یقیناً تراوُنہ فِی الْحُطَمَۃِ جہنمکس تت طبقس اندر۔
یمکو ناوُ چھو حُطَمَہ وَمَا اَدْرٰكَ مَا الْحُطَمَۃُ تُہہ کیا چھو معلوم۔ سو حُطَمہ کیا چھو نَارُ اللّٰہِ
الْمُوْقَدَۃُ سو چھو سوی نار۔ یُس خداوندِ کریمن زالمُت چھو تَطَّلِعُ یُس نار خبر ہیُوہ وُن چھو
عَلَى الْاَفْئِدَۃِ دلن اِنَّہَا عَلَیْہِمْ سوی نار چھو تمن پیٹ ژوپار مُّؤْصَدَۃٌ بند
کرنہ آمُت فِیْ عَمَدٍ ستونن اندر مُّمَدَّدَۃٍ تھدیُن نہ زیٹھن۔ مطلب کہ یم لوک غیرن
ہنز عیب شماری چھ کران۔ وُچھو تیولا کن چھ یہے عیب شماری تِہِندِ دِلن اندر اکہ قسمکو
اک نار ژلان یُس نار تیو تمن ہلاک تہ تباہ چھو کران۔

| | | |
|---|---|---|
| سُوْرَۃُ الْفِیْل | بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ | مَکِّیَّۃ |

اَلَمْ تَرَ کیا تہہ کرو نا غور اتھ امرس پیٹھ زِ۔ کَیْفَ فَعَلَ رَبُّكَ کیا معاملہ کُر تہِند
پروردگارن بِاَصْحٰبِ الْفِیْلِ ہَستس والین سیت اَلَمْ یَجْعَلْ کَیْدَہُمْ کیا ئم کرنا تہند ساری
تدابیر فِیْ تَضْلِیْلٍ برباد تہ بے سُود۔ بیہ ناکام تہ نامراد وَّاَرْسَلَ عَلَیْہِمْ بیہ سُوزِن نا
تمن پیٹھ طَیْرًا جانور اَبَابِیْلَ فوجو فوجو۔ یعنی بکثرت تَرْمِیْہِمْ یم تمن آسِ
لایان تہ ژیٹان بِحِجَارَۃٍ مِّنْ سِجِّیْلٍ سخت گنہ ترو سیت فَجَعَلَہُمْ تمے بناوِن
ساری کَعَصْفٍ ژٹمت گاسہ ہیُو مَّاْکُوْلٍ کھیمُت تہ ژاپمُت۔ یعنی درامن ہیُو۔ یتِ
سورۂ شریفس اندر چھو سو واقعہ بیان سپُنمُت۔ یُس آنحضرت صلی اللہ علیہ و آلہ وسلمن
ہندہ تولدِ سپدنکہ دوہہ پیٹھ چھو آمُت۔ یعنی کہ اَبْرَہہ نامی شخص۔ یُس شاہِ حبش سندِ
طرفہ شہرِ یمنک عیسائی وائسرائی اُوسو۔ تمہ اُوسو در شہرِ صنعاء اک عظیم الشان گرجہ بدین
غرض بناومت زِ۔ عربک لوک تراوِن خانۂ کعبس منز جمع سپدُن تہ یَتِی آسِن
یوان۔ یمہ سیت تِم آہستہ آہستہ پانے عیسائی سپدن۔ مگر چونکہ عربکیو اَبْرَہہ سندِ
یمہ گرجک کانہہ خیال و توجہ کُرنہ۔ لہٰذا کُر تمہ اَبْرَہَن پتو یہ پختہ ارادہ زِ۔
وگراوِن یہ خانۂ کعبے۔ چنانچہ کرن تت پیٹھ فوج کشی تِہ۔ پانہ دراو ہستس
پیٹھ۔ یمس ہستس اُوسُس ناوُ محمود۔ مگر قدرت خدا۔ چونکہ یمس بدبختس اُوسو

پہ خیالِ بد - خداوند کریمؔ ژِھنس فوجکس فوجس سیت ہُنٹ شُتُل بُڈ - ساری گے تُنھ
اندر بیمار - سخت ناکامی ہند بُتھو وُچھت بھیُور فوج تراوت پُتو واپس بطرف یمن چنانچہ نتو
داتو تہ مود - بگر فوج پیوس شُتلپو سیت پھِرہ - تِم مود میدانس اندر - آسمانی مردار خور جانور
آی تِموی کھِئے دِگو تہ ژِپُو سیت - کُنٹُن چھاوِت گُرہک سور - ہمہ دوھہ ہیُٹھ پیُو آتھ وِر ہس
ناؤ عامُ الفیل - خصوصاً اتھ فوجس اَصْحَابُ الفِیل - مطلب چھو یمہ واقعہ بیان کرنہ تلہ بُئی
زِہ - آن حضرت صلی اللہ علیہ و آلہ وسلم یت امرس پُٹ واقف کرن زِہ - تہندہ مبعوث سپدنہ
بروُنٹھ سَلہ تہند وطن دشمنن ہندہ شرّہ نِشہ محفوظ تھاوُم - کیا وُنُن تھاوُو ناتھ اَدہ سُو
سَلہ نہ تہندِس قبضس نہ تہندِس اتھس منز دِم - وُنُن دِماوُہ توُہ - لہٰذا یم دشمن تہند ہُٹ
ہرگز زاہ غالب ہن نہ - بلکہ یم تہنزہ تباہی ہُند ارادہ کرن - تِم گھژہن پانہ تباہ -

| سورۃُ القُرَیش | بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْم | مَکیّۃ |
| --- | --- | --- |

حضرت اُبّی بن کعب وغیرہ رضی اللہ عنہم تِم آسنہ گذشتہ سورۂ فیلس یت سورۂ شریفس منز
بسم اللہ لِکھان - بدین خیال کہ - یم زٔہ سورہ چھہ درحقیقت اکوی سورہ - چنانچہ چھو یمہ
سورۂ شریفکہ مضمون تلہ تہ تِی ظاہر سپدان - کہ ابرہہ شاہ یمن سندہ ہلاک کرنہ تلہ آسِن زٔہ
غرض - اکھ حفاظت بیت اللہ شریف - بیہ حفاظت قوم قریش - یم یمنس نہ شامس کُن تجارت
کرنہ نیران آسِہ - یکو نتیجہ یہ سپُد زہ - تمام قومن ہندِ دلن منز بیوٹھ خانہ کعبکہ عظمتکو
رُعب - خصوصاً لگ قریش لوک نہایت عزّتچہ نظرہ وُچھنہ - چنانچہ چھو اللہ تعالیٰ قریشن
تِی یاد پاوان - تہ فرماوان چھکو لِاِیْلٰفِ قُرَیْشٍ قریشن اُلفت دِنہ خیطرہ کُر تیٔہ ہلاک
اَبرہہ تہ بیہ اَبرہہ سُند فوج اٖلٰفِھِمْ اُلفت تِمن دِنہ خیطرہ رِحْلَۃَ سفرس منز الشِّتَآءِ
سردی ہندِ ایامن ہندِس وَالصَّیْفِ بیہ گرمی ہندِ ایامن ہندس - قریش آسِہ
پرُٹ وُٹہ زٔہ سفر کران - سردی ہندس موسمس منز آسِہ افریقہ - ہند - تہ یمن -
گھژان - گرمی ہندس موسمس اندر شامس نہ ایرانس کُن - دوشوُن طرفن ہند لوک آسِہ
تِمن نہایت عزّت و تکریم کران نہ - ہدیہ و تحفہ پیش کران - اگر خدا نخواستہ اصحاب الفیلن
ہنز فتح سپدہ ہَہ - بیت اللہ شریف نہ سپدہ ہا مسمار - یمن قریشن نہ کانھہ عزّت و تکریم
کرنہ یُہَنہ - بدامنی گھژہ ہَہ پَیدہ - چہ جائیکہ یم ہیٚکہ ہَن ادہ کانھہ سفر کرِت - مگر خداوند
کریمن کُر اصحاب فیل ناکام و نامراد تہ بیہ ہلاک - تمہ سیت سپُن عظمت خانہ کعبہ نہ زیادہ

قریش تہ عزت وتکریم زیادہ - بالخصوص سپین تمن سفرس نیرنس منز آسایش تہ سہولت - حاصل - بیہ سپین بابرکت فَلْيَعْبُدُوْا رَبَّ هٰذَا الْبَيْتِ لہٰذا گھرہ وئن سارنی ہنز ئمی خانہ کعبکس حفاظت کرن والس تہ رچھن والس خدای واحد سنز عبادت کرن - بس تس ورای نہ بیہ کینسہ ہنز تہ - بعض جُہلا چھ ونان مسلمان چھ خانہ کعبس کن نمان - لہٰذا گیہ بہ خانہ کعبچ پرستش - نہ کہ خدای سنز - تم نافہم کرن فہم سلیم پیدہ - نہ سوچن تہ غور کرن - وچھن خداوند کریم کیا چھو فرماوان فَلْيَعْبُدُوْا رَبَّ هٰذَا الْبَيْتِ - فَلْيَعْبُدُوْا هٰذَا الْبَيْتَ چھُنہ فرماوان - یعنی یمہ گھرہ کس محفوظ تھاون والس تہ رچھن والس خدایہ سنز کرن عبادت یہ فرماون نہ - زہ یمہ گھرچ کرن عبادت - اے کاشکے - یم نافہم آسہن اعتراض کرنہ برونٹھ گوڈہ ذرا فہم و فراست بیت کوم ہُوان - حق چھو زہ لَهُمْ قُلُوْبٌ لَّا يَفْقَهُوْنَ بِهَا - عبادتِ خدا کرنہِ وقتہ چھو خانہ کعبس کُن بُتھو کرنہ سببہ ہندوستانہ کئن مسلمانن ہُند بُتھو مغربس کُن روزان یتہ مکئن جنوبس کُن - یمنہ کئن شمالس کُن - مصرہ کئن مشرقس کُن درمیانی مقامن ہندئن لوکن ہُند پننہ پننہ درجہ موجب درمیانی طرفس کُن - غرض دُرئے زمینگ چھُنہ کانھہ سو طرفہ - یتہ طرفس منز نہ مسلمان لوک عبادتِ خدا چھ کران - گویا تمام رویِ زمین چھو ہر وقتہ مسلمانن ہندہ طرفہ خداوند تعالے سندہ توحید و تحمید و تسبیح کرنہ سببت پُرآسان - تکیازِہ اکسی سیکنڈس منز چھو رویِ زمینس پیٹھ اذٲن جائن دگر آسان - اذٲن جائن شام - اذٲن جاین خفتن - اذٲن جائن صُبح - اذٲن جائن پیشین - علاوہ پنجگانہ چھو تہجد - اشراق - وغیرہ بیہ بیہ نمازہ تہ پرنہ یوان - غرض رویِ زمینس پیٹھ چھُنہ کانھہ وقتہ تہ سو آسان - یتہ منز نہ مسلمان لوک اتھ خانہ خدایس کن بُتھو کرِتھ روزِتھ عبادت خدا بجا چھ انان - الَّذِيْ أَطْعَمَهُمْ یُمہ پروردگارن تمن نصیب کرٕ کھنو تہ چُٹو مِنْ جُوْعٍ بچھہ ہندئن موقن منز خصوصاً تتھہ وادیہ اندر - لیہ نہ وادیِ ذی زرع آس - یتہ نہ کُنہ قسمکو کانھہ پھل بُوانی اوسو - وَاٰمَنَهُمْ بیہ یُمہ تمن امن تہ نجات دِتو - مِنْ خَوْفٍ خطرناک خوفہ نشہ - یمہ خوفہ سببت تمن منز نقصان واتنکُ تہ بدامنی پیدہ سپدنک خطرہ آوسو -

| | | |
|---|---|---|
| سُوْرَةُ الْمَاعُوْن | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | مَكِّيَّة |

أَرَءَيْتَ الَّذِيْ کیا تُہہ وُچھو نہ سو شخص - دریافت تہ معلوم سپدہ ؤہ ؟ - یُس

یکذب اپز چھوزانان بالدین دین اسلامس ۔ تہ دین اسلامکین امورن ۔ خصوصاً چھسنہ تمن شرعی امورن پیٹھ عمل کرت جزا و سزا میلنس پیٹھ کانھہ پڑھا فذٰلک پس یہوے کیاگو الذی سو شخص ۔ یس یدع الیتیم یتیمس دھکہ چھو دوان ۔ تمس زمانہ چھنہ ۔ تمسنزہ تربیتہ ہند نہ تمسنز پرورش کرنچ کانھہ فکر نہ کانھہ خیال و توجہ کران چھنہ محض یہ خیال نھاوت زہ ۔ فائدہ کیا چھم ولا یحض نہ چھو بیہ ترغیب دوان بیس کینہہ علیٰ طعام المسکین مسکینس کھیاوُنس چاوُنس پیٹھ ۔ یعنی نہ چھو پانہ کران ۔ نہ چھو بیس کرنہ دوان فویل پس بوین ویل تہ افسوس للمصلین تمن نمازگذارن الذین ھم یم نمازگذار عن صلاتھم پننہ نمازہ نشہ ساھون کوتاہی تہ سُستی چھہ کران خصوصاً چھہ تمچہ حقیقت نشہ بالکل بیخبر ۔ صرف چھہ رسمہ پاٹھن پران تہ اداکران ۔ توجہ تت کن قطعاً آسان چھکنہ الذین یم گے تمے لوک ھم یراؤن یم یہ نماز صرف نمایشی ہندہ خیطرہ چھہ پران ۔ محض لوکن ہاونہ خیطرہ چھہ اداکران ۔ نہ تمن انھہ سیت کانھہ تعلق و توجہ چھنہ آسان ویمنعون ۔ بیہ چھہ منع کران نہ روکان ۔ یعنی دوان چھنہ الماعون زکات ۔ یا معمولی خانگی کارآمد اسباب و سامان ۔ یعنی اگر کانھہ پہہ منگنہ ییک ۔ چھسنہ دوان مقصد چھو بیہ سورہ شریف تلہ یہ بیان کرُن زہ ۔ نماز پرنہ تلہ چھو غرض فحشا و منکر امورو نش بچُن ۔ سر تسلیم بحضور خدا عاجزی سان نمزاوُن ۔ تس سیت دلی تعلق پیدہ کرُن پس یمیس شخص سندس دلس اندر نہ خانۂ کعبکس خدا ی واحد لاشریکس سنز عبادت کرت نہ مخلوقچ خدمت کرنک جوش پیدہ گژھہ تمس شخص سیت نہ چھنہ خدا وندکریمس کانھہ روحانی تعلق ۔ لہذا چھہ تمسنز نماز نہ اصلی حقیقتہ نشہ دُور ۔

سورۃ الکوثر | بسم اللہ الرحمن الرحیم | مکیۃ

انا اعطینٰک یقیناً چھوئہ تہہ عطا کرمت یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ و آلہ وسلم الکوثر خیر کثیر ۔ یعنی ہر خیر و خوبی ہند تیوت کثیر حصہ ۔ یوت نہ کینسہ اکس پیغمبرس از تام دنہ آو ۔ بالخصوص حوض کوثر نہ ۔ بیہ قران کریم تہ تمک معارف و حقایق انشراح صدر انور قلب فضایل کثیرہ ۔ ایثار ۔ علمای امت ۔ الغرض پرتھ کانھہ خیر و برکتک چیز دِتوئے تہہ بکثرت ۔ رسالت و نبوت دژِو اکمل تہ اتم ۔ خلق عظیم دِتو ۔ تمام کمالات انسانی دِتو ۔ کثیر بہترین امت دژِو ۔ زمانۂ نبوت دِتو تادورِ قیامت ۔ لہذا آسہ تہہ زی

روحانی حکومت وِنُ قیامتکس دوہس تام - تہُ پتہ دویم کانھہ پیغمبرو تھ نہ نہ نوُ کانھہ - تہ نہ پریوُن کانھہ - توٚے دِتوُ تہی خطاب خاتم النبیین صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم فَصَلِّ لِرَبِّكَ پس یُلہ تسہ زِ نہ نعمتِ کوثر عطا کری - لہذا شوبی وُن ژ نہ - خداتعالی سُند شکر بجا انس منز نماز پرن - نہ عبادتن منز مشغول روزُن یعنی کثرتِ انعامات میلیث نہ گھژہ نہ تہند بے نیار سپدُن تہ اطاعتِ امر اللہ ترٲوُن وَانْحَرْ بیہ کر قربان خصوصاً پننٕ پان در راہ خدا سوی محض برائے شفقت علے خلق اللہ - یہ فرماوِنس نہ - کہ زکات دِہ - تکیازہ آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم آسنہ زاھنہ مال جمع کران اِنَّ شَانِئَكَ یقیناً یُس تہند دشمن هُوَ الْاَبْتَرُ سوی چھُ ابتر تہ بے نسل یمتِندوی ناو برزبان ہنہ والُو روزِہ نہ کانھہ - مگر تہند ناو ہنہ روزہ تمام عالم - تکیازہ تہی ٲسے چھُو مسلمانن ہند پدر بزرگوار - لہذا یُس شخص تہنز مخالفت کرنس پیٹ ودِتھ - حق و صداقت از دنیا نیست و نابود کرن یژھ - یمتُند ذکرِ خیر سپدہ ہمیشہ خطرہ دنیاہس اندر منقطع نہ بند - لیکن تہند نام پاک روزِہ ہر سعید لوکن ہند تا دور قیامت وِردِ زبان - دشمن گژھن ناکام و نامراد - تہنزی ذکر سپدہ بلند - وَرَفَعْنَا لَكَ ذِكْرَكَ -

| سُوْرَةُ الْكٰفِرُوْن | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | مَكِّيَّةٌ |
|---|---|---|

قُلْ فرماوِوک یارسول اللہ صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم - یہ آخری فیصلہ کتھ زہ يٰۤاَيُّهَا الْكٰفِرُوْنَ اے کافرو! لَاۤ اَعْبُدُ ہرگز نہ چھُس بو عبادت کرہ وُن مَا تَعْبُدُوْنَ تمن چیزن ہنز یمن ہنز تُہہ عبادت تہ بندگی چھو کران وَلَاۤ اَنْتُمْ بیہ نہ چھو تُہہ عٰبِدُوْنَ عبادت کرہ ون مَاۤ اَعْبُدُ یمسنز بو عبادت کرہ وُن چھُس وَلَاۤ اَنَا عَابِدٌ بیہ نہ چھُس از تامت آو سمت عبادت کرہ وُن مَّا عَبَدْتُّمْ یمچ توٚہ عبادت کران آو وَلَاۤ اَنْتُمْ عٰبِدُوْنَ نہ چھو بیہ توٚہ زاہ عبادت کرہ وُن بو زنہ یوان مَاۤ اَعْبُدُ تمس معبود برحق سنز یمسنز بو کرہ وُن چھُس - لہذا چھو وُن بعد از اختلاف یہ فیصلہ آسان کہ لَكُمْ دِيْنُكُمْ تُہہ یُس یہ پننٕ دین چھُو ہ - تُٹھ پیٹھ روزِت کرِو توٚہ پننٕ زور آزمائی وَلِيَ دِيْنِ بو کرہ پننِس دین اسلامس پیٹھ روزِت تمکی قوت تہ سیت تہند مقابلہ - نتیجہ سپدہ پانے ظاہر - پانے سپدہ یہ معلوم زہ - خداوند کریم کس کرہ نصرت و یاری - بیہ کس بخشہ کامیابی - ائی گژھ حقیقت نہ ظاہر زہ بر دین حق کُس چھُو -

بر دین باطل کُس چھُو۔

| | | |
|---|---|---|
| سُورۃ النصر | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | مَدَنِيَّه |

اِذَا جَآءَ یلہِ یِیہ نَصْرُ اللّٰهِ یاری و مددِ خدا وَالْفَتْحُ بیہ فتح۔ یعنی فتح مکّہ
پیدہ۔ یمہ مکہ اندرہ توُہ یارسول اللہ صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم دشمنن ہندِہ نقصان
و تکلیف وانناوُنکہِ خوفہ شبانہ پوشیدہ پاٹھِ مدینۂ منوّرس کُن دراو۔ یمہ فتحچ
پیشینگوئی توراۃ و انجیلس منز بیان سپنز آس۔ تمی فتحک دُوخہ ہیتن واتِن
عنقریب چھُووُن نہِہ تمام جان نثار ہت۔ مظفر و منصور سپدِت تت اندر داخل سپدُن
وَرَاَیْتَ النَّاسَ خصوصاً وچھووُن بچشم خود۔ تمی مکۂ مکرمک لُوک یَدْخُلُوْنَ
فِیْ دِیْنِ اللّٰهِ در دین آلہی اژان تہ مشرّف باسلام سپدان اَفْوَاجًا فوجو فوج
یعنی بکثرت۔ چنانچہ تمام مکہ مکرّمہ سپُن بتو لاگن مشرف باسلام۔ علاوہ ازین پھیلیاؤ
یہوی دین آلہی روی زمینس پیٹھ۔ حضرت محمد عربی صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم یسنزی
سپن نصرت و کامیابی۔ کافرن ہنز نہ۔ تم سپن ساری ناکام و نامراد فَسَبِّحْ اَیس کرِو
تسبیح و پاکی بیان بِحَمْدِ رَبِّكَ پننس پروردگارہ سنز حمد و خوبی سیت۔ یعنی تمام
عالمس منز کرِو محض خداوند کریم سندِ دی باتو یہِ عیب تہ بے نقص آ سنیچ تبلیغ۔ عام
لوک کریوک اتھ امرس پیٹھ واقف۔ تاکہ یتھو تمِتہ پاک ہستی سیتن تعلق تھاوِت
پانہ تہِ پاک سپدن۔ بیہ یتھو تمِتہ یتو قابل تحسین و ستایش بنن۔ خصوصاً کریون
خانۂ خدا پتلیو نِشہ پاک۔ شرک و کفرس کرِیو استیصال۔ تکیازِہ خداوند کریم چھو
شریک تھاوُنہ نِشہِ منزّہ تہ پاک۔ بالخصوص نومسلمن ہند خانہانے دِل۔ مطلب کہ
ظاہر و باطن کریوک شرک و دوئی نِشہِ پاک و صاف۔ عظمت آلہی کرِیو در دنیا
روشن وَاسْتَغْفِرْهُ بیہ کرِیو طلب حفاظت تُنْس نِش۔ بمکہ ذریعہ سوتہ ہندہ خطرہ
نیکی ہنزہ وتہ پیٹھ پکہ نِک اسباب مہیّا کرِہ۔ تہ بدی کرنہ نِش روزِ یو محفوظ تہ پاک
تُنْسِ نِش ژہانڈیو ہین بچاؤ۔ بیئے اگر کانھہ کمزوری تہ کانھہ غلطی تُہہِ نِش واقع تہ
سرزد سپدِہ یِیج تہ منگیو تُنْس معافی۔ اِنَّهٗ كَانَ تکیازہ درحقیقت چھو سُوی
تَوَّابًا عاجزی کرن والِس پننس بندس توبہ قبول کرن والُو۔ تہ تس پیٹھ رجوع
برحمت سپدن والو۔ تکیازہ انسان یلہِ رجوع بخدا چھو کران۔ خدا تعالی چھو

تِمہ خونہ زیادہ تس کُن رجوع کران۔ در حدیثِ صحیح چھو آمُت۔ زہ اگر انسان خدایس کُن دارہ دارہ پکان گژھہ۔ خداوند کریم چھُس تورہ دوان دوان یوان۔

| سورۃُ اللھب | بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ | مکیۃ |
|---|---|---|

تَبَّتۡ ناکام و نامراد رُودِ یَدَاۤ دو شوے اَتھ اَبِیۡ لَھَبٍ ابو لہبہ سند۔ یعنی نہ آس دِین اَتھ۔ نہ رودس سو جاہ و حشمت۔ کانھِہ کامیابی گیِسنہ مال و اولادکہ ذریعہ حاصل۔ یُس آو سو اصل ناو عبد العُزّٰی بنِ عبد المطلب۔ یہ ابو لہب آسس کُنیت تکیازہ سرخ رو آو سو۔ غیظ تہ غصّہ بیہ غضب اوسُس آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمن مقابل فوراً کھسان۔ بالخصوص آو سو مخالفتک نار سخت چھکان۔ چنانچہ توے موکھہ بیوس ابو لہب ناو۔ وَّتَبَّ پانہ تہِ سپن مخالفت و بداخلاقی کرنکہ سببہ ہلاک تہ تباہ مَاۤ اَغۡنٰی عَنۡہُ کانھِہ فایدہ دِتو نہ تس مَالُہٗ پنن مال و دولتن وَمَا کَسَبَ بیہ تمہ چیزن۔ یہ کمادُن تہ بیہ یچھ تم کوشش کُر۔ مقصد کہ بہر رنگ آو سو سُو بدبخت و مردود دِازل آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمن ہنز مخالفت کران۔ یم طالبان حق تہندس خدمتس یوان آس۔ تمن آو سو اکثر روکان تہ بیہ اوسکھنہ دِوان۔ دپان اوسک یہ چھُو نعوذ باللہ مجنون سپنمُت۔ میانو چھو باپتھر۔ چنانچہ چھس وُنکس علاج نہ کران۔ یہ چھو پننیٚن معبودن نش ڈالان۔ وِنہ پکہ ہن آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم یہ بدبخت آو سُک کنہ لایان۔ نہ زخمی کران۔ شریر تہ بدمعاشن اوسک وِرغلاوان تم بے سمجھ آس آنحضرتن ہنز کال بے ادبی کران۔ تبلیغ دین ہہن کرن۔ یہ ملعون آدسک لوکن وِنان۔ خلقو۔ کینہہ مَتہ وَنتوس۔ یہ چھو دیوانہ گومُت۔ پکو پانس۔ لیکن یم لوک نہ یُمس شقی سُند مانہ ہن۔ تمن آو سو لکہ کڈان۔ مارنہ وتھان۔ تکلیف دِوان الغرض یہ بدبخت آو سو آنحضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمن رنگارنگ تہ قسم بہ قسم تکالیف واتناوان۔ اکہ دوھہ ییٚلہِ آنحضرتو پننیٚن آشناون بموجب وحی الٰہی وعظ کُر۔ یہ بدبخت لگس بددُعا دِنہ نہ دُھہ وُہو کرنہ۔ تمی ساتہ سپن یم آیہ کریمہ نازل۔ اصلی غرض چھو یمہ سورہ شریفہ تلہ پیٚیٚیرہ۔ یُس شخص مخالفت حق کرِنہ خیطرہ ابولہب چھو بنان۔ تمسند انجام چھُنہ رُتو سپدان۔ بلکہ چھو سو تہِ ہلاک سپدان۔ بیہ یسہ یسہ کوشش سو بخلاف حق سوچان تہ کران آسان چھو۔ سہ چھس ساری رائیگان تہ

ضایع سپدان - چنانچہ چھو سو اخیرس خوار ذلیل سپدت ہلاک سپدان - مگر حق چھو وز
بروز ترقی کران سبحضلی ضرور اژہ نہ دزہ سو بدبخت نارًا نارس اندر خصوصًا
چھہ تمسندہ خیطرہ اسلامچ ترقی تکلیف دِہ نہ جگر سوز ذَاتَ لَهَبٍ شعلہ زن نہ وُڑہ
دُنس نارس اندر - تکبازہ ہیچھس شوبہ ہا بنھوی - وَامْرَاَتُهٗ بیہ تمسنز زنانہ اُمِّ جمیلہ
حَمَّالَةَ الْحَطَبِ یسہ زنُو آس ہُن تراوان خاوندہ سندس مخالفتکس نارس ہیٹ
یسہ آنحضرت ہنز نوکن نش چیلخوری نہ سخن چینی آس کران - اندرونی پاٹھ مخالفت
نہ بغاوت پھیلاوان سہ میانِ دوکس جنگ چون آتش است + سخن چین بدبخت ہیزم
کش است + آنحضرت صلی اللہ علیہ والہ وسلمن ہنزہ پکنچہ وتہ آس یہ کنڈ چھکان یتھو
تہندئ پایہ مبارکن صدمہ نہ تکلیف واتہہ - غرض دو شوے باژ آس تم آنحضرت صلی
اللہ علیہ والہ وسلمن ہنز سخت مخالفت کران - خصوصًا مخالفت پھیلاونس اندر
بدل وجان کوشش کران فِیْ جِیْدِهَا تمسنزہ گردنہ منز چھ حَبْلٌ رزمِنْ مَّسَدٍ
خزدلئن ہنز وٗٹھر - تمسنزہ گردنہ منز آس قیمتی جواہراتن ہنز مال نئال - قسم آسُن
کھیومُت زِہ - یہ جواہر مال کرن حضرت محمد صلی اللہ علیہ وآلہ وسلمن ہندس عداوت
تہ دشمنی پھیلاونس منز خرچ - مگر اخیرس گیس زنِ بارچ رز ہٹس نال - ہٹو آس
چیرنہ - تہ موٗیہ - خَسِرَ الدُّنْيَا وَالْاٰخِرَةَ ذٰلِكَ الْخُسْرَانُ الْمُبِيْنُ - مطلب چھوئ
زِہ - مرد آستن یا زنانہ - عداوت حق چھس آخر تباہ کران -

| سُوْرَةُ الْاِخْلَاصِ | بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | مَكِّيَّة |
|---|---|---|

قُلْ فرماویوک یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ والہ وسلم هُوَ اللّٰهُ سو خداوند تعالی - یُس
بُو تہِہ ہین باطل معبودن مقابل چھسو پیش کران - یس تمام حسن وکمالاتن ہُند جامع
تہ سرچشمہ چھُو - تمام عیبو نہ نقصو نشہ یُس منزّہ تہ پاک چھو اَحَدٌ سو چھو کنوی
تہ لاثانی - تس مقابل اکھیون نہ تہُہ کُنہی پیش کرت - سو چھو تہندس فہم وادراکس
منزبہ نش بالاتر - سو چھو نزدیک باوجود دور آست - دور باوجود نزدیک آست -
تمسنز کنہ وحقیقت بوزنس اندر چھہ تہنزہ عقلہ حیران وپریشان اَللّٰهُ الصَّمَدُ
سو خداوند کریم چھو بے نیاز تہ بے احتیاج - سو کینہہ محتاج چھنہ - نہ وزیرن ہند -
نہ مشیرن ہند - نہ یارن ہند نہ مددگارن ہُند - نہ شرئن ہند - نہ زنانن ہُند - نہ

کھنگ نہ نہ چنگ - سو چھو جایہ جایہ حاضر و ناظر - تسندوی ظہورنہ جلوہ چھو
ذرہ ذرس منز - تمی کُر ساروی پیدہ - سو پیدہ کینسہ کرُنہ - ازازل چھو تا ابد - لَمْ
یَلِدْ نہ زاس کانھہ وَلَمْ یُوْلَدْ نہ زاو کینسہ - نہ چھو سو کینسہ ہُند مول - نہ کینسہ
ہند نچو - وَلَمْ یَکُنْ لَہٗ بیہ چھُنہ ہرگز نہ ممکن تس کُفُوًا ہمسر نہ ہمشو اَحَدٌ
کانھہ اکھا تہ - پس یُس تیچھو خدا آسہ تسندس مانس اندر کیا انکار چھُو تہٕ
سوی چھو خالق کون و مکان - تمی چھ ژٔتہ پیدہ کرمت - تمی کرُس بُو نہٕ کُن
مبعوث - سوی چھو سانو مربی حقیقی - پس یکو ساری تہ بیٔو - تمسی خدای واحد
لاشریکس کرو یکہ وٹہ میلت عبادت تہ پرستش -

| مَدَنِیَّۃ | بِسۡمِ اللّٰہِ الرَّحۡمٰنِ الرَّحِیۡمِ | سُوۡرَۃُ الۡفَلَق |
| --- | --- | --- |

قُلْ وَن - یعنی تیتھ کن منگ دعا - زہ اَعُوْذُ پناہ چھُس بو منگان حفاظت
تہ راچھ ژھانڈان بِرَبِّ تس پروردگارہ سندس حضورس منز الْفَلَقِ یُس
انہ گھٹہ دُور کرِت روشنی چھو پیدہ کران - اکس پیٔال پھلس قسم بہ قسم تاریکین
اندر تربیت کران کران اک عظیم الشان بُڈ کُل چھو شاخدار نہ بارآور بناوان -
یُس مصایب تکالیفن ہند ظلمات دُور کرِت بسر و آرام بیہ راحت پیدہ چھو کران -
مِنْ شَرِّ مَا تمو تمام چیزن ہندی شرو نش خَلَقَ یم تمہ پیدہ کرِ - یعنی تمام پیدائشہ
منز یم چیز انسان سندہ خطرہ مضرتہ خراب بیہ تکلیف دِہ چھ - تمو ساروی چیزو نشہ چھیر
بو خدا تعالے سندس حضورس منز پناہ گیر سپدان وَمِنْ شَرِّ غَاسِقٍ بیہ چھُس پناہ
منگان برٔت تمہ چیزکہ شرہ نشہ - یُس تاریکی تہ ظلمت بیہ انہ گھٹہ پیدہ کرہ دُن چھو
اِذَا وَقَبَ تلہ سُو غایب سپدہ یتھی پٔٹھ - معلومی سپدنہ مخفی پاٹھہ تہ بخبری ہندس
حالس اندر آسہ تکو تکلیف واتہ تک خوف وَمِنْ شَرِّ بیہ شرہ نشہ النَّفّٰثٰتِ
پھنک دِہ دُننہ ہندہ (نَفّٰثٰتِ چھو جمع نفاثہ ہیچ علامہ چھو صیغہ مبالغہ - معنی چھُس
خوب پھنکلدن والو) فِی الْعُقَدِ بختہ ارادہ کرِنچن کامن منز - یعنی یمہ ضروری
امورن منز خصوصًا دینی امورن اندر مانع چھ سپدان - زنگار رنگہ رکاوٹ چھہ
تراوان - جاہل لوکن چھہ پھنک دِوان تہ ورغلاوان - ایمانداران چھہ باہمی پھٹیوٹ
تراونس منز مخفی پاٹھہ قسم بہ قسم کوششہا کران - تہ خوب زور لدان - ادہ یمہ تدبیرٕ

نہ تِمہٖ تدبیرہ - بیہ تِہنٛد کِن پلان چھُکو - نہ تِتھ کنہ وَمِنْ شَرِّ حَاسِدٍ بیہ حسد
نہ عداوت بیہ دشمنی کرن والِ سندِہ شرہ نِشہ اِذَا حَسَدَ ئِلہ سو حسد کرِہ - یِتھ
سورۂ شریفس اندر چھو اللہ تعالیٰ آن حضرت صلی اللہ علیہ و آلہٖ وسلمن دراصل اسلامچہ تہ
ہِنِہٖ ترقی ہِندہ خیطرہ بیہ مشکلات آسان پِید نہ خیطرہ دعا ہِچھناوان - زِہ بدین طریق
گھرِ منگن - کہ خدایا ہِتھ کِن اک بیٛال دانہ - یا اک ئیٹ چھُھن زمینی ظلماتن اندر تمام
مشکلاتو کڈِت اک عظیم الشان بار آور درخت بناوان - تیتھے کِن بناوٗ اَسِہ تہ با برگ و بار -
یِمہ خفیہ سازِشہ اَسِہ نہ بیہ اسلامس برخلاف کرنہ ین - تمہ سارے کرٛک ناکام - تِمکِہ
شرہ نِش تھاوٗئِسہ محفوظ - بیہٕ یِمہ تدبیر تہ چالہ اسلامکہ تہ سانہ نیست و نابود کرنہ
خیطرہ کرنہ ین - تِمہ کرٛک نامُراد نہ ضایع - بیہ یُس شخص دشمنی کرِہ - مخالفتس ہٕٹ
کمر گنڈہ - سو کرُن خوار و ذلیل - ناکام و نامراد بیہ خایب و خاسِر - درخت اسلام
وا اَناوُن ہِنِس غایت و کمالس - سو کرُن بار آور - دنیا کرُن تمکہ خوبصورت شگوفہ
نہ پھلہ سیت بہرہ اندوز تہ متمتّع آمین - تنبیہ :- یولو کو یِمہ سورہ شریفکیں
شانِ نزولس منز یہ لکھمُت چھو زہ - آنحضرت صلے اللہ علیہٖ الہ وسلمن آو سو لبید بن
اَعصَمن جادُ کرمُت - تمی جادِ کرُ تہندِس روح مبارکس پیٹ اثر - حتیٰ کہ یہ نہ کرمُت
آسُک آسان تِتُت آسِ دیان کرُم - یہ نہ وُنمت آسُک آسان تِتُت آسِ دیان دِم
{نَعُوْذُ بِاللهِ مِنْهَا} یہ چھو بالکل سارِوی اپُز تہ غلط سُبْحَانَكَ هٰذَا بُهْتَانٌ عَظِيْمٌ یہ چھو
ظالم دشمنو آن حضرتن ہندِس شانِ مبارکس کُن منسوب کرمُت - قَالَ الظّٰلِمُوْنَ اِنْ
تَتَّبِعُوْنَ اِلَّا رَجُلًا مَّسْحُوْرًا (سورۂ فرقان) یعنی یِم ظالم چھہ وَنان زِہ - صحابہ کرام
چھہ تِمسِنزی پیروی کران - یِمس سانِس اکس ساو سند سحرن اثر کرُ - پس اگر مسلمان
تہ ئی ونن زِہ حضرت رسول کریم صلی اللہ علیہٖ الہ وسلمس کرُ لبید بن اَعصم سند سحرن اثر -
تِلہ کیا روز تمن نہ ظالم یہودن منز آن حضرت صلی اللہ علیہٖ الہ وسلمن ہنز مخالفت کرنس منز فرق -
پس چھہ یِمہ سورۂ شریفچ حقیقت سے - یُسہ اَسِہ بیان کرُ -

| سُوْرَةُ النَّاس | بِسْمِ اللهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ | مَدَنِيَّة |
| --- | --- | --- |

یِتھ سورۂ شریفس اندر چھو سورۂ فلق کُ بقیّہ تہ تکمیل - یکبارِہ اکی وقتہ چھہ یِم دوشوے
سورہ نازل سپنِمت قُلْ برِان آسیو یہ دعا تہ اَعُوْذُ پناہ تہ امن چھُس بُو منگان پرتب

النّاسِ لوکن ہندس پروردگارس مَلِكِ النّاسِ یُس تِہندُ مالک تہ بادشاہ چھو۔ اِلٰہِ النّاسِ یُس تِہند حقیقی مقصود و مطلوب چھو مِنْ شَرِّ الْوَسْوَاسِ الْخَنَّاسِ خناس سندہ وسوسن ہندہ شرّہ نشہ۔ یعنی یُس غائبانہ تہ پوشیدہ پاٹھن چھو وسوسہ تراوان یُسنہ علی الاعلان مخالفت تہ دشمنی چھو کران۔ یُسنہ نُن پاٹھن بالمقابل چھو بزاق۔ اَلَّذِیْ یُوَسْوِسُ یُس نیک کوم کرنس منز وسوسہ تراؤِ تراؤِ مانع چھو سپدان۔ تہ رکاوٹ چھو تراوان فِیْ صُدُوْرِ النَّاسِ لوکن ہندین سینن منز مِنَ الْجِنَّةِ وَالنَّاسِ خواہ سو خناس جنو منزہ آسِتن۔ یا انسانو منزہ۔ در ہر حال رٹ زہ تینس پناہس تل تہ تینس حفاظتس منز۔ کینسہ دشمنس تہ مہ دِہ لیہ تیُٹ غلبہ آمین یارب العالمین۔ تمت بالخیر۔ فَالْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعٰلَمِیْنَ۔ وَالصَّلٰوۃُ وَالسَّلَامُ عَلٰی خَیْرِ خَلْقِهٖ مُحَمَّدٍ۔ وَعَلٰی اٰلِهٖ وَاَصْحَابِهٖ وَخُلَفَائِهٖ اَجْمَعِیْنَ۔ اِلٰی یَوْمِ الدِّیْنِ۔

## (فِی مَدْحِ الْقُرْاٰنِ الْکَرِیْم)

از نور پاک قرآں صبح صفا دمیدہ ۔۔۔ بر غنچہ ہائے دلہا بادِ صبا وزیدہ
ایں روشنی و لمعاں شمس الضحیٰ ندارد ۔۔۔ ویں دلبری و خوبی کس در قمر ندیدہ
کیفیتِ علومش دانی چہ شان دارد ۔۔۔ شہدیست آسمانی از وحی حق چکیدہ
آنکس کہ عالمش شد شد مخزنِ معارف ۔۔۔ واں بیخبر ز عالم کیں عالمے ندیدہ
باران فضل رحماں آمد بمقدم او ۔۔۔ بد قسمت آنکہ از وے سوئے دگر دویدہ
اے کان دلربائی دانم کہ از کجائی ۔۔۔ تو نور آں خدائی کیں خلق آفریدہ
میلم نماند باکس محبوب من توئی بس ۔۔۔ زیرا کہ زاں نغاں رس نورت بما رسیدہ

# فہرستِ دیگر مطبوعہ تصانیف قاری کاشمیری

(۱) مخزن قانت الادب عربی میں زباندانی کی بے نظیر کتاب ہے - دو بابوں میں منقسم ہے - باب اوّل (نثر) میں متفرق حکایات و نصایح ہیں - اور دینی امور کے متعلق سوالات مع جوابات ہیں - عرب لوگوں کی اسلام سے قبل کی حالت کا نقشہ کھینچا گیا ہے - جناب سرورِ کائنات علیہ التحیۃ والبرکات کی مختصر سوانح ہے - آپکے اخلاق و شمایل کا تذکرہ اور ذکر نظم کا بیان ہے - اوامر و نواہی کا اس میں ذکر ہے - باب دوم (نظم) میں حمد الٰہی - نعت آن حضرت صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم - آپکا حُلیہ شریف - علم و حکم اور نصایح کے بارے میں اعلے پایہ کے اشعار ہیں - ہر سبق کے شروع میں مشکل الفاظ کی تشریح ہے - جملہ مسلمان طلبہ کیلئے بغایت مفید پاکر اسے جموں و کشمیر گورنمنٹ کے محکمہ تعلیم نے تھرڈ مڈل کلاسوں کیلئے ٹیکسٹ بک ۱۹۳۱ء سے منظور فرمایا ہے - سفید اعلے ولایتی کاغذ پر چھپی ہے - سرورق رنگین اور خوبصورت ہے - حجم ۷۶ صفحات - باوجود ان تمام خوبیوں کے قیمت صرف ۵ ر

(۲) اَلْمَنْطِق اس رسالہ میں علم منطق کے اُن تمام اُصول و قواعد کا بیان ہے - جو صغرای - اوسط - اور کبرای سے لیکر شرح تہذیب - قطبی - میر قطبی - اور سُلّم العلوم وغیرہ کتب منطق میں مندرج ہیں - ہر ایک فہیم اور سلیم العقل اُردو خوان کیلئے اسکا مطالعہ ازبس مفید ہے - بالخصوص یونیورسٹی کے عربی امتحانات میں شامل ہونے والے احباب کیلئے نہایت ہی مفید ہے - احقر کو اس رسالہ پر محکمہ تعلیم کیطرف سے مبلغ پچاس روپیہ بطور انعام عطا ہوا ہے - قابل دید رسالہ ہے - قیمت صرف ۳ ر

(۳) جَامِعُ الدَّعْوَات اس ۴۸ صفحی رسالہ میں اُن تمام اسلامی دعاؤں کا مختصر مجموعہ ہے جنکی ضرورت ہر مسلمان کو دین و دنیا کے امور بجا لاتے وقت حضر و سفر میں شب و روز ہُوا کرتی ہے - قیمت ۳ ر

(۴) اِسْلَامِی دُعَاء - اس ۱۶ صفحی رسالہ میں قرآن شریف کی بعض مترجم دعائیں - اور فارسی و اردو - نیز کشمیری زبان کی اعلیٰ اور چیدہ دعائیہ و نعتیہ نظمیں ہیں - علاوہ براں اسمیں وضو کرنے - اور اذان دینے کا طریقہ - نیز نماز پنجگانہ - نماز تراویح - نماز عیدین - اور نماز جنازہ کے ضروری اور لابدّی مسایل کو بھی سلیس اُردو نظم میں بیان کیا گیا ہے - ہندوستان بھر میں یہ رسالہ مسلمان طلبہ کے لئے مفید ثابت ہوا ہے - اور محکمہ تعلیم نے اسے انعامی کتب میں منظور فرمایا ہے - قیمت صرف ایک آنہ ۱ ر

(۵) کاشُر مارہ باگے (طبع دوم) اس کتاب میں وراثت اسلامیہ کے تمام مسایل کو سِراجیّہ اور اسکی عربی شرّاح کے تمام مضامین سے ترجمہ کرکے کشمیری نظم میں بیان کیا گیا ہے - حواشی پر مسایل ترکہ کی صورتوں کا حل بھی ساتھ دیا گیا ہے - طبع اول میں جس قدر مشکلات تھے - اُن سبکو اس دوسرے چھاپ میں رفع کر دیا گیا ہے - محکمہ تعلیم نے اسے بھی انعامی کتب میں منظور فرمایا ہے - کاغذ - لکھائی - اور چھپائی نہایت اعلے اور خوبصورت ہے - قیمت ۶ ر

(۶) نُورُ العَیْنَیْن فی ترجمۃ القصیدتین یعنی مشہور و معروف قصیدۂ بَانَتْ سُعَاد (مصنفۂ حضرت کعب بن زہیر رض) اور قصیدۂ بُردَہ (مصنفۂ حضرت امام بوصیری رح) کا علیحدہ علیحدہ مطلب خیز منظوم کشمیری ترجمہ - موسوم بہ کاشُر بَانَتْ سُعَاد - و کاشُر بُردَہ (در نعت حضرت رسول اکرم صلی اللہ علیہ وآلہ وسلم) ہر دو قصائد کے اپنے اصلی اشعار بھی بخط عربی با اعراب ساتھ دئے گئے ہیں - رنگین خوبصورت سرورق پر فارسی و کشمیری نعتوں کے علاوہ مزید اخلاقی و اصلاحی نظمیں بھی درج ہیں - جو قابل حفظ ہیں قیمت ۳

نوٹ :- محصول ڈاک مقررہ قیمتوں کے علاوہ ہوگا - اور وی پی ایک روپیہ سے کم کسی صورت میں روانہ نہ ہوگا - نیز دریافت طلب امور کیلئے جوابی کارڈ آنیکے بغیر تعمیل ناممکن ہوگی - تمام قسم کی خط و کتابت مندرجہ ذیل پتہ پر ہونی چاہیئے :- (بیرنگ خط ہم کسی کو نہ بھیجتے ہیں - نہ کسی کا لیتے ہیں)

مولوی محمد نور الدین قاری - وازہ پورہ سرینگر کشمیر

:- (ایک نہایت اہم اور ضروری اطلاع :- وی پی منگوا کر واپس کر دینا قانون نے جرم قرار دیا ہے) :-